# کاشِر کِتاب

(اوٗٹھمہِ جمأژ باپتھ)



دی جموں اینڈ کشمیر سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن

## گوڈنیُک ایڈِشن:



## نگران:

ڈاکٹر شیخ بشیر احمد ڈائریکٹر اکیڈِمک

## ترتیب کار:

ڈاکٹر عزیز حاجنی (کنوینر)

پروفیسر شآد رمضان

غلام نبی آتشؔ

# دی جموں اینڈ کشمیر سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن

کمپیوٹر کتابت: TFC سنٹر، مدینہ چوک، سرینگر 2473818



# ترتیب



# گوڈٕ کتھ

یہِ چھےٚ خوشی ہِنٛز کتھ زِ کاشُر زبان چھےٚ ووٚنۍ سرکأری سکوٗلن ہٕنٛتۍ ہٕنٛتۍ پرٲیویٹ سکوٗلن منٛز تہٕ منظّم طریقس پٮ۪ٹھ اکہِ لأزمی مضموٗنہٕ رٔنگۍ پرناونہٕ یِوان ۔ مادری زبأنۍ ہِنٛدِس تدریسی اہمیتس ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ نکار کٔرِتھ ۔ نیشنل کرکیوٗلم فریم ورک ۲۰۰۵ ء دستاویزس (National Curriculum Framework 2005) منٛز چھُ واضح پأٹھۍ لیکھتھ زِ ماجہِ زیوٚ چھُ بچہِ ہِنٛدِس ذاتس تہٕ جذبس ہٕنٛتۍ تعلق آسان تہٕ اَتھ تعلقس منٛز خلل انداز سپدُن گوٚو بچہِ ہِنٛدِس ذاتس ہٕنٛتۍ چھیڑُن ۔ یوسہٕ اکھ غٲر فطری تہٕ ناپسندیدہ عمل چھےٚ ۔

مادری زبأنۍ ہِنٛز اہمیت تسلیم کران کوٚر ریاستی سرکارَن جموں کشمیرس منٛز بولنہٕ یِنہٕ واجینہِ بجہ زبأنۍ یمن منٛز کاشرِ علاوٕ ڈوگری ، گوجری ، بودھی تہٕ پہاڑی تہٕ شأمل چھےٚ نِصابس منٛز شأمل کرنٕک فأصلہٕ ۔ بورڈ آف سکول ایجوکیشنَن کٔرِ کانٛہہ ژیرِ لاگنہٕ ورأے درسی کِتابہٕ تیار تہٕ یوتام تھزن کاشرِ یِک تعلق چھُ ، امہ باپتھ چھےٚ بورڈن اولہٕ پٮ۪ٹھہِ اوٗٹھمہِ جمأژ تام کتابہٕ شایع کرٕمژ ۔



یہ کتاب آیہ جۆمس منٛز منعقد کرنہٕ آمتِس أ ِکس ۄرکشاپس دوران تیار کرنہٕ۔ کتابِہ منٛز چھِ ریاستٕکس کلچرس، تأرٟخس، سأئنس، ماحولیات تہٕ بہلِہ پایہِ شخصیٖژن مُتلق سبق شأمل یِم پٔرِتھ بچہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛز لیکھہِ پٔرٟچھنس ہتی ہتی یِمَن موضوعَن نِسبتھ وأقفیَتھ تہِ حأصل کرن۔ بورڈ چھُ تِمن لکھارٕن تہٕ شأعرن ہُنٛد مشکور یمَو اِسہٕ پنٕنۍ لیکھہِ تہٕ نظمہٕ بیترِ کُنہِ معاوضہٕ وَرأے کتابِہ منٛز شأمل کرنُک اجازت دِیُت۔

بہٕ چھُس سٹیٖٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن کِہ طرفہٕ جناب غلام نبی آتشؔ، جناب ڈاکٹر عزیزؔ حاجنی تہٕ پروفیسر شاد رمضان صأبُن مشکور یمَو یہ کتاب تیار کٔر۔

پنٕنِس سأتھی ڈائریکٹر اکیڈمِک ڈاکٹر شیٚخ بشیر احمد صأبُن تِہ چھُس مشکور یمو یِہ کتاب تیار کرناونٕچہِ عملِہ منٛز حدٕ کھوتہٕ زیادٕ دلچسپی ہأو۔

**پروفیسر نثار احمد گنائی**

**چیئرمین سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن**



# آوازٕ تہٕ آوازٕ نِشانہٕ

| آواز | آوازٕ نِشانہٕ | وَرتاو |
|---|---|---|
| اَ | ـَــ | اَن اَکھ۔ اَز گوٚڈ شہَر |
| آ | آ/ا | آکھ۔ آش۔ شام تام آب سار |
| أ | ـٔــ | أر۔ بٔج ۔ أر گٔر لاگ ہٕوس |
| اُ | ـُٔــ | اُس۔ اُل ژاپھ ۔ مأل رَچھ |
| اِ | ـِــ | دِگ ۔ دِل دِتھ کِتاب پَر ۔ |
| ای | یٖ/ی | تیل ۔ ییٚج قمیض لاگ ۔ وردی چھل |
| إ | ـٕــ | تہٕ ۔ گاژر زٕل ۔ دجہِ ترٕان |
| ٳ | ـٲــ | ڈٕس ۔ ترٕ ؤژھ۔ گرم پلَو لاگ |



| اُ | ـُ | گُل ۔ ڈُل ۔ بُلبُل چھُ پِچان |
|---|---|---|
| اوٗ | ـوٗ | کوٗر ۔ ٹھوٗل چھُ رُت غذا |
| اوٚ | ـوٚ | کوٚل ۔ اوٚر زُو دوٚر کوٚٹھ |
| او | و | اول ۔ مول موج چھِ رحمت |
| اۄ | ـۄ | دۄد ۔ یۄن وس دۄدرٕٹھ |
| اٚے | ـٚے/ یہ | ٹیٚچہِ ۔ کأشُر ہیٚچھ عأقل بن |
| ایہ/ اے | ے | کھیش ۔ ریل وأژ کشیرِ |
| اہ | ـہ | دبہ ۔ کُلِس مَہ ٹُل دبل |
| تالرِی | ی | بُتۍ زال ؤلی ؤلی ۔ شُری مُری ژٕلی |
| مِثٲل | ہ | پھرٕس چھُ لوو، ٹنگ چھِ رسدار |
| | | چینۍ پیٖالہِ پھُٹ |



# دُعا

| | | |
|---|---|---|
| کنڈٕ بن | سوٚخنن | مُنحصر |
| شر | سنٛبر | ڈٔے |

میانٕن کتھن تہٕ سوٚخنن دِکھنا اثر خدایا
یِی بوٚ منگے ژےٚ شُری پاٹھی، منظوٗر کر خدایا

شر روزِہا ہمالس ، قُلزُم تہٕ روزِ حاران
دِتہٕ تِیُتھ سنٛبر خدایا ، دِتہٕ تِیُتھ تھزر خدایا

روزانہٕ ڈٔے ژٕ گرٛھتَم ، ہر جایہٕ باغ پھولنم
میانٕن کنڈٕ بن کنڈٕ بن کر ، گُل ہائے تر خدایا



یتھ میانہِ عُمرِ منز تھو سونتُک بہار قائیم
مأگک نہٕ ڈر خدایا ، ہرڈُک نہٕ شر خدایا

پرٛتھ حالہِ میون کِردار، دِل زیو، چلن تہٕ گُفتار
شوٗزرس ، صداقتس پیٹھ تھو مُنحصر خدایا

(غلام احمد فاضل)

## زان:

غلام احمد فاضل زاے 3اگست 1916ء منز سری نگرِ۔پیشہِ کنۍ اَسی ووستاد۔وارِ یہس کالس اَسی ہیڈ ماسٹر۔فأضل صأب گیہ 11 جلٲے 2004 عیسوی یس منز یمہِ عالمہٕ۔ تِم چھِ مشہوٗر تہٕ مقبول کأشرۍ شأعر۔ تِموٚ لیٛکھۍ عام موضوٗعن پیٹھ بأتھ۔شُر بن ہِنٛدِ باپتھ چھِکھ وار یاہ دُعا لیٛکھمٕتۍ۔ اخلاقی نظمہِ تہِ لیٛچھک۔فأضل صأبن لیٛکھۍ وار یاہ نٛنٛدِ بأنۍ نعت، یِم لوکن منز مقبوٗل سٕپدۍ۔تِم اَسی خوش نٕویس تہِ۔فأضل صأبنہِ وار یاہ شعرٕ سوٚمبرنہٕ چھےٚ چھاپ سپز مژٕ۔"دُعائے معصوم" کِتابہِ منز چھِ تِہنٛدۍ وار یاہ دُعا تہٕ حمٗد شأمِل۔



# مشق

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | | معنی |
|---|---|---|
| ہمالس | : | ہمالیہ بالس، بالن ہُنٛد یہِ سِلسِلہٕ چھُ ہندوستانکِس شُمالس منٛز |
| قُلزُم | : | اکہِ سمندرُک ناو |
| گُل ہاے تر | : | تازٕ پوش |
| شوٗزر | : | رلہٕ ورٲے، شوٗد صاف |
| مُنحصر | : | دارومدار۔ کلہم پأٹھی۔ ٲخر |
| دٔے | : | مہربان |

## 2. جواب لیکھو

1. شاعر کتھِ بہارٕ خاطرٕ چھُ دُعا منگان۔
2. پٔنٛزِمِس شعرس منٛز کتھِ کردارٕ خاطرٕ چھُ دُعا منگنہٕ آمُت۔
3. دُعا منگن وول کیُتھ سنٛبر تہٕ تھزر چھُ منگان؟

## 3. فأضل کشمیری سُنٛد یہِ ''دُعا'' کٔرِیوٗن یاد۔



# دیدٕ راۄنؠ

| | | | |
|---|---|---|---|
| مَٹھِ مَٹھِ دِیُن | کنہٕ لبڑ | دِلازاری | لورِ دستار |
| وُانجہِ وٹھ گوٚھن | ولی عہد | ہٲلوٕ گی | مارٕ موٚت |
| کانہِ کیُل | راژت | ؤقرٕ والنہٕ | أچھ منٛز کٹر |

راژٕ پرور گُپت سُنٛد نیچُو کھیم گُپت اوس 950 عیسوی منٛز کٔشیرِ ہُنٛد راژٕ بنیوٚمُت ۔ مورِ خوچھُ لیوٚ کھمُت زِسُہ اوس دولتَس تہٕ ناکارِ کامِہن سبٹھاہ لور۔ بداَخلاق تہٕ بےشرم لوٚکن اوس مٹھِ مٹھِ دِوان تہٕ شرم دارن تہٕ خوش اخلاقن اوس ؤقر والان ۔ یزتہٕ والین ، گاٹلین تہٕ بُزرگن اوس دِوان سزا ۔ بدکار زنانن تہٕ ہٲلوٕ گی کرن والین مردن ہنٛزن مجلِسن منٛز اوس زیادٕ وق گُذاران ۔ کھیم گُپت اوس پننہٕ اَپزٕ ی تأریف بوٗزِتھ خوش گژھان تہٕ تأریف کرن وألِس ینا موستہٕ سونہٕ ساوی کران ۔ سُہ اوس کنہٕ لبڑ ، پرٛتھ کانٛسہِ ہنٛز کتھِ بوزان ۔ کتھن واش کڈنے اوس تمن پیٹھ عمل کران ۔ یہِ بوٚڈ دعأب



وُچھِتھ أسی حأکِم تہٕ دربأری تَس اکھ أکِس خلاف کن بران ۔ یِتھ پأٹھی أس پھوان پرٛتھ کأنٛسہِ بوٗ أری۔ حأکمن ییٚلہِ پانہٕ وأنی کأنٛژس گگر پھٔٹ، حکوٗمتس لۆگ أنٛدٕری أندری سوٗسر۔ دپان اکہِ لٹہِ گوٚو رازٕ أکِس وُڈٕ رِپٹھ شِکار کرنہِ ۔ بروٛنٛہہ کنہٕ دژ ایس اکھ شأج، یوسہٕ أسہٕ کنہٕ نار چھکان أس۔ رازٕس گوٚو یہِ وُچھِتھ لرزٕ، تہٕ دژ ایس سأری سے بدنس ہولہٕ ہج تہٕ موٗد۔ تسنٛز حکوٗمتھ روٗز أٹھن ؤری بَن۔

دِدٕ رأنی أس کھیم گُپت سنٛز آشٕینٛز ۔ یَس رانی دیداتہِ وننہٕ یِوان چھُ ۔ مگر عام کأشرِ چھِ أمِس دِدٕ رأنی ونان۔ سوٗ أس لوہرکوٹکس رازٕ سنگراج سنٛز کوٗر۔ کھیم گُپت سُنٛد نیچُو ابھمینو اوس نابالیغ ۔ اِمو کھٕ ہیکہِ ہے نہٕ سُہ حکوٗمتھ چلأوِتھ۔ کھیم گُپتس أس بیٚا کھ رأنی چندرلیکھا۔ چندرلیکھایہِ ہُنٛد مول پھلگن اوس کھیم گُپت سُنٛد ؤزیر، پننہٕ کُرسی وارِیاہ کالہِ خأطرٕ سأمِتھ تھونہٕ کہِ مارمتہٕ أس پھلگن ؤزیرن چندرلیکھا رازٕس نیتھری دِژٕمٕژ ۔ دِدٕ رانہِ اوس مرنس تام امیٛگ کانہہ کیُٔل ۔ ووٚں ییٚلہِ کھیم گُپت تہٕ دِدٕ رانہِ ہُنٛد نیچُو حکوٗمتھ کرنس لایق اوسُے نہٕ، پھلگن ؤزیرن ہیٚژ ژوٕیہ کرنہِ ۔ رِواجہِ مُطأبق اوس تخت تہٕ تاج صرف ابھمینو سُنٛد حق ۔ پتھٕ اوس مُلکس منٛز فساد ووٚتھمُت ۔ حأکِم تہٕ ہنگدارلگی بغاوتس ہٕر دِنہِ ۔ شہرس دِتکھ نار تہٕ لوٗکھ ہیٚتِن بُتھی پھِری گژھنہٕ۔ حالاتھ کاپہِ انٛنہٕ موکھٕ تہٕ تختس رأچھ کرنہٕ باپتھ پیوٚو دِدٕ رانہِ سبٹھاہ ہُسکُن تہٕ جکھُن ۔ تمہِ بیٚنو و نابالیغ ابھمینو تختَس تہٕ پانہٕ لٔج حکوٗمتُک کأم کارچلاونہِ۔

دِدٕ رأنی أس دِلیر تہٕ انتقام گیر زنانہٕ ۔ شخصی راجس دوران چھےٚ دُپن دلأزی



حأکمن ہِنٛدِس مزازس منٛز بٔستھ آسان ۔ کُرسی بچاونہٕ خأطرٕ أسی تم پننہٕ عَین دُشمنن اوزک یورونان تہٕ تمن پانہٕ وأنی رتس رکنہٕ کرناوان ۔ دہد رانہِ أسی پرٛتھ انِد دشمن نال وٕلِتھ ۔ پھلگن وزیر تہٕ اوسُس زاگان ۔ تِسندی خانہٕ دارن تہٕ اوس نہٕ لوٗکن کانٛہہ سوٗ چھاہ سو کھاہ واتنو مُت ۔

تِتھین حالاتن منٛز کوٚر دبد رانہِ جگر ۔ سبٛٹھاہ بہودری تہٕ چالاٗکی ورتأوِتھ موٗرُن فسادبن تہٕ بُتھی پھِر بن حأکمن کلہٕ ۔ پھلگن وزیر ژول پروٗنژھ کُن ۔ دبد رانہِ أنی دُشمن ییکل تہٕ کوٚرُن امُن قأیم ۔ سری نگرس منز آے وٕدی مٔتی مکانہٕ نوٚسرٕ تعمیر کرنہٕ ۔

اَتھیمنو روٗدالہِ پلہٕ ژٔرُوہَن وٕری بن لورِ دستار راز ۔ 972 عیسوی منٛز موٗدُسہٕ سِلہٕ بمارٕ سٔتی ۔ أمِس پتہٕ کوٚر أہنٛد نیٚچوی نند گُپتن أکِس وٕری لیس راج ۔ دپان دبد رانہِ باسیہٕ پننٛی زُری أچھ منٛز کنٛڈ ۔ حکومت کہِ مارٕ متہِ روٗزِس نہٕ تہٕنٛزا کھرٔژھ تہٕ شفقتھ ۔ وأنٛج گٔیس وٹھ تہٕ زُری مارنأوِتھ پتٛھ پانہٕ 980 عیسوی منز تختَس ۔ یَس تہِ حأکمس کاڈبن کھسان وُچھان أس سُہ یا تہٕ مارٕ نوون نتہٕ بوٚرن جیل ۔ تُنگ ناوِکِس نفرس سٔتی کوٚرُن خاندر ۔ ووٚنی اوس تس حکوٗمتھ چلاوُنک زبردس تجرُبہٕ حأصِل گومُت ۔ دبد رانہِ ہِنٛدی بأے کُرا کہ لٹہِ بغاوتھ مگر دبد رانہِ دِیُتس نہٕ کامیاب گژھنہٕ ۔ امہِ وأنٛجہِ درٕ رانہِ کوٚر راز ویرٕ پیٹھ حملہٕ تہٕ تیٚتھ راز پریتھوی پال کوٚرُن پانس تأبین ۔

دبد رانہِ کوٚر اردا ہن وٕری بن ژون رٹین تہٕ ژورن دوہن راج ۔ تٔمِس اوس لرِ تہٕ مندرو تعمیر کرنُک سبٛٹھاہ شوق ۔ أخری وٕری بن منٛز أس سنگدلی ترأوِتھ مذہبی کامہٕ



کران تہٕ لوٗکن ہنٛز بجاۓ یِی خاطرٕ جکھان ۔ دِل اوٗسس نرمیومُت تہٕ کأشرٕ أس نہٕ آزار واتناوان ۔ تمہِ کٔری واریاہ نٔوی مندر تعمیر ۔ واریہن مندرن کرٕ ناوِن مرمَت ۔ تمہِ سُنٛد تعمیر کرناونو ومُت سنگھ سوأمی مندر چھُ سبٹھاہ شاندار اوسمُت ۔ دِدّہ رانہِ کٔری واریاہ نٔوی شہر تہٕ گام آباد، یِمن منٛز کنکن پور، ابھمینو پور تہٕ دِدّہ پوٗر مشہوٗر أسی ۔ اماپوٚز زووٚنی چھنہٕ یِمن شہرن ہُنٛد صحی پے پتاہ اتھِ یِوان ۔ مورخ کلھن چھُ یِمن تہٕ یِژھنے واریہن جاین ہُنٛد ذکر کران ۔ نارٕ بُزی گژھنہٕ پتہٕ کوٚرن سری نگر نوسرٕ تعمیر تہٕ اتہِ بنأوِن جایہ جایہ منٛدر ۔ مسافرن ہنٛدِ خاطرٕ آیہ سرایہ تہِ تعمیر کرنہٕ ۔

دِدّہ رانہ دِیُت نہٕ تخت تہٕ تاج وۄپرن ہنٛدبن اتھن منٛز نہٕ اوس تسُنٛد خاندار رُت راز تہٕ نہٕ أسی تِہنٛدی ژُری راژُت پانس نِش تھونس لایَق ۔ تِمس پئیہِ حکوٗمتس رأچھ کرنہٕ باپتھ رنگہٕ رنگہٕ جکھ تہٕ جتن کرٕنی ۔ مرنہٕ برونٛہہ ولی عہد مقرر کرنہٕ خاطرٕ پییس پننین باپوتھرن کُن نظر ۔ اودے راج اوس تِمس بوے، تِہنٛدی نیچوٗی (یِم وُنہِ لوکٹی أسی) اننأوِن پانس نِش ۔ یِمن برونٛہہ کُن دِتِن واریاہ ژوٗنٹھی دأرِتھ ۔ دوٚپنکھ یُس یِمس اتھِ لگہِ سُہ گووتمی سُنٛد ے ۔ شُربو دِژ تھپہ تہٕ لگی پانہٕ وأنی ژٕونہِ ۔ کأنسہِ لوٗگ اکھاتھِ تہٕ کأنسہِ نہٕ کینٛہہ ۔ أکِس شُرِس اوس ناو سنگرام راج باقٕے شُرٕ لگی پانہٕ وأنی ژُونہِ تہٕ سنگرام راجن سومبرأوی سأری ژوٗنٹھی پانس نِش ۔ دِدّہ رانہِ پرژھُس، ژےٚ کتھٕ کٔنی سومبٕرتھ پیٚتی ژوٗنٹھی ۔ سنگرام راجن ووٚنُس، باقٕین شُربن ہنٛدِ ژُونہٕ کٔنی! جواب بوٗزِتھ بنوٚدُن یوٚہے ولی عہد تہٕ دِدّہ رانہِ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ آو سنگرام راج بادشاہ بناونہٕ ۔



# مشق

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
| --- | --- |
| مٹھِ مٹھِ دِیُن | شاباش کرُن ۔ شاباشی دِنٕی ۔ اتھِ ڈٲلِتھ لول برُن |
| کنہِ لبڈ | یُس لکہٕ ہنٛزان کتھن کن تھٔوِتھ پڑھ کرِ کأنسہِ ہنٛدِس ونہٕ نس یکدم پڑھ کرن وول |
| دلازاری | دِل آزاری ۔ دِلس آزار واتناوُن ۔ دوکھ دِیُن |
| ولی عہد | سُہ یُس بادشاہسنٛز جاے رٹن وول آسہِ ۔ بادشاہ تیمِس پننہِ حیاتی منٛزٕ ے پآدشاہی خٲطرٕ مقرر کرِ |
| مارٕ موٚت | لول ۔ محبت ۔ امار |
| وٕقر والٕی | یزتھ والُن ۔ وبقار خراب کرُن ۔ بےعزتی کرٕنی |
| پٕلوِگی | بتہٕ سازنٛدٔری ۔ پننہِ غرضہِ کأنسہِ ہنٛدی اپزٕی تارِیف کرٕنی ۔ چچمہ گری |
| وأنجہِ وٹھ گژھُن | پھیرُن ۔ دِل بربٕگہِ یُن لول یِن |
| کأنزس گگر پھٹنٕی | اِختلاف گژھُن ۔ نیاے ووتھُن ۔ |



## 2. جواب لیکھو

1. راز کھیم کُپتس کُس بۆ ڈعاب اوس؟
2. راز کھیم گُپت کمہِ بمارِ ستۍ موٚد؟
3. دبد رانہِ کیا زِ پیوٚ وحکوٗمتُک کاٗم کار پانہٕ چلاوُن؟
4. دبد رانہِ کیا کوٚر حکوٗمت بچاونہٕ خاطرٕ؟
5. آخری ؤری بن منز کم رژٕ کامہِ کرِ دبد رانہِ؟
6. دبد رانہِ کُس تہٕ کتھٕ کٔنۍ ژور پٔنن ولی عہد؟

## 3. تِتھۍ جُملہِ بناٗوِیمن منز بونہٕ کنہِ درج محاورِ ورتاونہٕ آسن آمتۍ، محاورن لیکھو معنی تہٕ

لور آسُن ۔ سونہٕ ساوِ کرُن ۔ کاٗژس گگر پھٹُن ۔ یَیل انُن ۔ کن برٕنی ۔ کانہِ کَیُل روزُن ۔ کاڈبن ہسر ہسر گژھُن ۔ زسمہِ بیہناونہٕ ۔ اَچھ منز کٔٹر

## 4. خٲلی جایہِ پُرِ و بونہٕ کنہِ دِنہٕ آمتو شُخو اِشارِ ناوتو ستۍ

| | |
|---|---|
| بہٕ آس | أسی آیہِ |
| ژٕ آکھ | تُہۍ آو |
| سُہ آو | ............آیہِ |
| ہُہ آو | ............آیہِ |



ےٚ کھیٚو وبتہٕ ............ کھیٚو وبتہٕ

(اسہِ ،تم ،ہُم)

**5. کاٗنبل چھےٚ جگرِچ بمأری۔ تِتھے پأٹھی پرٛ وِخألی جایہِ**

1. ............چھےٚ اندرمن ہٕنز بمأری
2. ............چھےٚ ژمہِ ہٕنز بمأری
3. ............چھےٚ سینٛچ بمأری
4. ............چھےٚ شوٗشچ بمأری
5. ............چھےٚ أچھن ہٕنز بمأری

(انیُو ،ژاس ،انتم روز ،میوٚند ،سِلہِ)

**6. جنسہِ ناوتین ہُنٛد ورتاوچھُ مختلف طریقو سپدان۔ مثلن :یمن زُوذأ ژن ہٕنٛد بن نرناوِتین مقابلہٕ چھِ مادٕ ناوِتی موجوٗد**

| نر ناوٗت | مادٕ ناوٗت |
|---|---|
| کٕٹھ | گٔب |
| دانٛد | گاو |
| ہاپُت | ہاپرٕش |

کینٛہہ ناوِتی چھِ صرف بطورِ نر ورتاونہٕ یِوان۔ مثلن : نومن ناوتین چھِیِ نہٕ مقابلس



مٔز ماد ناوِتی :  بُلبُل ۔طوطہٕ ۔پوپُر ۔مُہر ۔سَتُت تہٕ تِتھے پأٹھۍ چھنہٕ نومن مادِ ناوتین مقابلہٕ نرناوِتی ورتاونہٕ یوان:

کَنج ۔ال ۔ مُچھ ۔ تُلر ۔ ہأر ۔ گلو دَدِر ۔ کُکِل

بونہٕ کنہِ درِج ناوتو منٛز ژأرِو نَر ناوِتی تہٕ مادِ ناوِتی ،نَر ناوتس مقابلہٕ لیکھو مادِ ناوُت تہٕ مادِ ناوتس مقابلہٕ لیکھو نَر ناوُت

شال ۔کرال ۔سال ۔کانٛدُر ۔زامتُر ۔گُجرأنۍ ۔ بٹچ ۔گوگُل ۔کوکر ۔لوکُٹ پٹھأنۍ ۔راز ۔سوٚن ۔نوٚن ۔مہریٛنۍ ۔نوکر ۔گرٛیٹہٕ وول ۔سِکھ ۔خاندار ۔پادشاہ بابے موقدم ۔ژھاوُل ۔گوٚل ۔ہَج ۔مام ،نأنۍ ۔ماس ۔پوٚنز

**7. مِثال وُچھتھ کٔرو بونہٕ کنہِ درِج ناوِتی تِتھٕ پأٹھۍ جُملن منٛز استعمال یُتھ فِکرِ ترِ زِ کُس ناوُت چھُ مادِ تہٕ کُس چھُ نَر معنیَس منٛز ورتاونہٕ یوان**

کُکِل ۔ ٹھوٗل ۔ نوٚٹ ۔ ناگ ۔ ژوٚنٹھ ۔ أر ۔ووڈُر ۔روٗد ہاکھ ۔ وَن ۔ ہولہٕ ہٕج ۔ کِتاب ۔نوٗل ۔وأر ۔ ژونٛگ

مِثال: کِتاب : میأنۍ کِتاب چھےٚ میزس پٹھ (مادِ ناوُت)

روپھ : سون چھُ درٛوگ تہٕ روپھ چھُ سروٚگ (نَر ناوُت)

أر : أر چھُ ہوٚتمت (نَر ناوُت)



# اولٕوٗدگی

| | | |
|---|---|---|
| ؤس ؤس | گرٛز | چھانٛن |
| آسأیش | رنٛگہٕ رنٛگہٕ | غلاظتھ |

اِنسانن کٔر زندگی ہنٛدٮ۪ن مختلف شعبن منٛز ترقی۔ بٔڈی بٔڈی کارخانہٕ بنأوِن تہٕ سڑکہٕ کرٕن تعمیر۔ ریل، ہوأی جہازٕ، ریڈیو، ٹیلی وِجن، ٹیلی فون، کمپیوٗٹر، انٹرنیٹ تہٕ جنگی ہِتھیار کٔرِن تیار۔ آرام تہٕ آسأیش خأطرٕ بنأوِن رنٛگہٕ رنٛگہٕ سامانہٕ۔ اما پوٚز یہِ سورُے کرنہٕ سٟتی ہیٚژِن اِنسانس پأنٛڈ کیٚمی سٟنٛز بأش گژھنۍ۔ سُہ ہیوٚتُن اولٕوٗدگی ہٕنٛدِس پانہٕ وٕوٗنی مٔتِس زالس منٛز پھسُن۔

خداتعالیٰہن اوس یہِ دُنیا شوٚد تہٕ شوٗژ ماحول عطا کٔرِتھ تمام زُوزأژن ہٕنٛدِ خاطرٕ بسُن لایق پأدٕ کوٚرمُت۔ اِنسانن کوٚر پرٛتھ کانٛہہ شوٚد چیز پننہِ خودغرضی تہٕ نادانی سٟتی اولٕوٗدٕ۔



گاڑٕن ، ریلن تہٕ کارخانن منٛز پأدٕ گژھن وول دٕہہ چھُ سورُے اۄندپۄکھ اۄلوٗدٕ کران۔ اِنسان چھُ ژھوٹھ، گنٛد تہٕ غلاظتھ ڈٲری یاون تہٕ کولن منٛز دأرِتھ دِوان۔ ہسپتالو منٛز تہٕ گرَو منٛز نیرَن وول بدرَوتہِ چھُ کولن منٛز گژھان ۔ یِتھٕ پأٹھی چھُ آب ناصاف گژھان تہٕ کولن ہُنٛد آب چھُنہٕ وونٛی چنس لایق روٗدمُتُے۔ شور تہِ چھُ ماحولس منٛز اولوٗدگی ہُرراوان۔ گاڑٕن ہُنٛد پٕس پٕس ، ہیلی کاپٹرن ہِنٛز گگرایہِ ہِش آواز، ریڈیو تہٕ ٹیلی وِجنٛگ شور تہٕ ٹیپ رکاڑرن ہُنٛد گریٚز چھُ کنن زَر پاوان۔ زیادٕ کربکہٕ نادکرنہٕ تہٕ بوزنہٕ سٟتؠ چھُ کنہٕ بلَس تہٕ دِل چہِ دُبرایہِ پٮ۪ٹھ ناکارٕ اثر پٮ۪وان۔

اولوٗدگی ہُرنس چھُ ہُرٕ ونہِ آبأدی سٟتؠ تہِ واٹھ، أسؠ چھِ صِرف پننہٕ نٔۓ یوت باپتھ عأش آرام حأصل کرنہٕ چہِ مان مأنٛی منٛز پننٕ فرٕض مٔشراوان۔ ماحولچ اولوٗدٕگی ہُرنہٕ سٟتؠ چھُ پرٕ بتھ کأنٛسہِ نوقصان اِنسانن تہِ تہٕ بیٚین زُوزأژن تہِ۔ لوٗکھ چھِ قسمہٕ قسمہٕ چٮ۪ن خطرناک بمارٕن منٛز ہٮ۪نہٕ یِوان۔ سینہٕ چہِ بمارِ، کاثبل تہٕ أندرمن ہِنٛزِ بمارِ چھِ دوہ کھوتہٕ دوہ ہُران تہٕ عام سپدان ۔ آفتابس تہٕ بُترٲژ منٛزس چھُ اکھ پردٕ ہیوٚ یتھ اوزون لیر Ozone Layer ونان چھِ ۔ امہِ پردٕ مٔنٛزی چھےٚ آفتابچہِ زٕژٕ چھأنتھ بُترٲژ پٮ۪ٹھ واتان۔ اولوٗدگی ہُرنہٕ سٟتؠ چھِن اتھ پردس ژٕدی گژھنہٕ ہیٚتی مٕتؠ ، یمو منٛزٕی یم زٕژٕ چھانہٕ نٔۓ بوٗن وسَن ، تموٕ سٟتؠ ہیکہِ ژمہِ ہُنٛد کینسر گژھتھ تہٕ وارٕ وارٕ مرن سارؠیےٚ زُوزأژ۔

اولوٗدگی ہُرنہٕ سٟتؠ ووت أبی زُوزأژن تہِ ددارٕ ۔ حیوانن، جاناوارن تہٕ گُلن کُٹٕن تہِ۔ انسان ہیکہِ نہٕ أزی کہِ زمانہٕ پوٗرٕ پأٹھی اولوٗدٕگی نِش بچِتھ ۔ ووں گووا اولوٗدگی ہیکہِ



ضۆ رۄ رکم گرِتھ۔ اولۄدِ گی کم کرنہٕ خأطرٕ پزِ لۄکن دِل دِتھ پنُن فرض نکھِ والُن۔ پرٛتھ کأنٛہہ گژھِ زانُن زِ ماحول اولوٚدِ کرنہٕ ستی چھُ نوقصان۔ ژھوٚٹھ تہٕ لژھ، پلاسٹِک چیٖز تہٕ موم جامہٕ، گرن ہُنٛد بد رو گژھِ نہٕ کولن منٛز دأرِتھ دِیُن۔ تِم چیٖز گژھن زمیٖنس تل دوٚبراوِنۍ یِم ہوٚ ژِتھ ہیکن۔ ریڈیو تہٕ ٹیلی وِجن گژھن نہٕ بڑِ بڑِ بوزنۍ۔ شور کم کرنٕچ گژھِ پرٛتھ کانٛہہ انسان کوٚشِش کرُن۔

کارخانو تہٕ گاڑیو منٛز نیرن وول دُہہ گژھِ سایِنسی طریقوٕ ستی کاپہ رٹُن۔ ایٹمی ہتھیار بناونہٕ کِنہ تجرُ بن پیٹھ گژھِ ٹھاکھ لاگنہٕ یِن۔ سارِوے کھو تہٕ ضۆ رۄ ری کأم چھےٚ وٕنن رأچھراوٕٹھ کرٕنۍ۔ زیادٕ کھو تہٕ زیادٕ کُلۍ نوٚ وراوِنۍ۔ پنُن اۄ ندپوٚ کھ گژھِ صاف تھاوُن۔ تازٕ تہٕ صاف ہوا، شوٚد تہٕ شوٚژ آب تہٕ پُرسکون ماحول چھُ تمام زۄ زأژن ہنٛزِ زندگی خأطرٕ ضرورۍ۔

## مشق:

### 1. لِفظ تہٕ معنی

| لِفظ | معنی |
|---|---|
| اولۄدگی | ناصاف گژھُن۔ موٚکُر گژھُن۔ |
| اشوٚد | لِتھونہٕ یُن صاف چیٖزس ستی ناصاف چیٖز رلنہٕ ستی اصل چیٖز موٗلُت گژھُن۔ |
| شوٚد | صاف۔ یتھ نہٕ رل آسہِ۔ |



| | |
|---|---|
| شۆژ | پاک۔ سُہ چیز یُس نہٕ ژھیٚٹیو مُت آسہِ۔ |
| بدرَو | ناٖلی ۔ یپاٖری گنٛدٕ آب بیترِ نیرِ۔ |
| کنہٕ بل | کٔژن ہٕنٛدِ بوز نُک طاقت۔ کتھ یاد روز نُک طاقت |
| مان مان | کامہِ کارس منٛز اکھاٖ ہِکس برونٛٹھ نیرنٕچ کوٗشِش۔ |

## 2. جواب لیٚکھِو

1. کر بکہِ ناد کیا زِ چھُ مُضِر ؟
2. شورس منٛز کمو چیزو ستی چھُ ہُرہٕ ر سپد ان؟
3. ہوا ہِکتھِ کٔنی چھُ اولوٗدٕ سپد ان؟
4. آب ہِکتھِ کٔنی چھُ اولوٗدٕ سپد ان؟
5. اولوٗدگی کم کرنہٕ خاطرِ کیا پزِ کرُن؟

## 3. یمن کنہِ دِنہٕ آمتو جُملو منٛز ژاٖرو یمن لفظن ہٕنٛدی مُتضاد

(توٗلہٕ مُت ۔ شوٚد ۔ زامُت ۔ چھاوٕ آمُت ۔ پرٕ ہِنہٕ)

1. شُری آسی زبکھ نہٕ اوم دود چاوناوان۔
2. ژٕ کیا زِ چھکھ اچھوو بتہٕ کھیوان؟
3. جاٖہل انسان چھُنہٕ گاٹُل آسان۔
4. اشوٚد سنٛڈی جہِ تیل چھُ صحتہٕ باپتھ مُضِر
5. اتوٚل مصالہِ دِزِ دُکاندارس واپس۔



## .4 دِنہٕ آمتیو اِشارٕ ناوتیو ستی بٔرِو خالی جایہِ

.1 ..............................اوس سبق یاد کران۔

.2 ژےٚ..........کرٕ أنتھ کِتاب

.3 انسانن کوٚر..............................شوٚ دچیز اولوٗدٕ۔

.4 تِم..............ژھاران أسی..............آکھنہٕ وُنہِ تہٕ اتھِ۔

.5 ..............أر..............ہوٚتمُت..........بوبن دِژاو۔

.6 ماحولچ اولوٗدِگی ہُرنہٕ ستی چھُ..............................نوقصان۔

.7 ..............................چھِ..............ژوٗنٹھی باغ

(یم۔سأنی۔پرٕ بتھ کانٛہہ۔پرٕ بتھ کانٛسہِ۔ہر کانٛہہ۔کٔمِس۔سُہ۔اوس۔یُس۔یٔمِس۔سُہ)

## .5 ستن ستن جُملن منٛز لیکھِو جواب

.1 آب کیازِ گرٛژھِ صاف آسُن؟

.2 ہوا کیازِ گرٛژھِ صاف آسُن۔

## .6 یمن جُملن شوٗ

.1 کربکہٕ ناد ستی چھُ کنن زرپوان۔

.2 شُری چھِ چاے چوان۔

.3 تبردار چھُ زِینٛن پھالہٕ وان۔



4. ماسٹر جی چھُ سبق پرٕناوان۔
5. اسہِ کھیٚو وبتہٕ۔
6. شُرۍ گرٕڑھن پگاہ سأئلس۔

''پیوان۔چیوان۔پھالہِ وان۔پرٕناوان۔کھیٚو وتہٕ گرٕڑھن'' یِم سأری لفظ چھِ بیٚون بیٚون کامن ہٕنز باوتھ کران۔ سُہ پرٕتھ کانٛہہ لفظ یتھ منٛز کُنہِ کامہِ ہٕنز باوتھ آسہِ یا یٚیمہِ سٟتی کُنہِ کامہِ ہٕنز باوتھ آسہِ سپدان، سپدِ پٮ۪ٹھ آسہِ یا سپدن واجیٚنۍ آسہِ، چھُ'' کراوُت'' ۔کراوِتس چھِ فعل تہِ ونان۔اتھ منٛز چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ زمانہٕ ضرور موجوٗد آسان۔

وٕنۍ ژٲرِو یِمو جُملو منٛزٕ کراوِتۍ

1. اولوٗ دگی چھےٚ ہُران
2. مامہٕ راج چھُ کِتاب پران
3. مےٚ کوٚر ربأتھ یاد
4. أسی گرٕڑھو کأڈی کیٚتھ ماتامال
5. سُہ واتہِ سُلی
6. شُرۍ چھِ گندان

## 7. مثال وُچھِتھ بٔرِو خألی جایہٕ

مثال: پرٕ + گی = پرٕگی

1. اولوٗدٕ + ..........= ..........
2. یاوٕ + ..........= ..........
3. ساوٕ + ..........= ..........
4. تازٕ + ..........= ..........
5. وازٕ + ..........= ..........
6. سرٕ + ..........= ..........





# ان پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ وَن پوشہِ

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| ان | دۆپ | پاتھُل | پئتلہٕ دار | زالُن |
| مأزیُل | ارزتھ | پھاٹھ | چرٛوٚک | یُپ | سیٚکیُل |

حضرت شیٚخ نوٗرالدین نورانی شیٚخُ العالم ؒ سُنٛد یہِ دۆپ ''اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ وَن پوشہِ'' چھُ ازتہِ تیتھے اہم تہٕ لگہٕ ہاریتھ شیٚخ العالم سٕندِ زمانہٕ یعنے الہٕ پلہٕ ساڑھ شیٚے ہتھ ؤری بروٗنہہ اوس۔ کُلی چھِ ونن مٔز تہِ آسان تہٕ پاتھلبن مٔز تہِ۔ ونن ہٕنٛدی کُلی چھِ ؤہری ؤری لیس سبز روزان۔ وَن چھِ سأنۍ بڑٕ ارزتھ۔ اتہِ چھےٚ مکانہٕ، گٔدٕل، ہاوس بوٹ تہٕ



زمیندٲری ہٕنٛدی سامانہٕ بناونہٕ خٲطرٕ لٔکر پاتھان۔ ربَر چھُ ربَرٕ کُللن نِش حاصِل سپدان۔ کاغذ بناونہٕ خٲطرٕ تہٕ چھِ کُلۍ خام مال مُہیا کران۔ اگر کاغذ آسہِ ہے نہٕ انسانن آسہِ ہے نہٕ ترقی پرٲوِمٕژ۔ ون چھِ زالُن تہٕ یاف تھاوان۔ ونن منٛز چھِ تم لوکچہٕ بۄٹہٕ تہٕ پوش سولبہٕ سولبہٕ آسان، یِمن دوا چھُ یِوان بناونہٕ۔

وَن چھُ جاناوارن ہُنٛد مالِٕیُن۔ یٲغی پشَن، ہِہن، شالن، ہاٛنگلن، ہاپتن تہٕ رٕوٚسی کٕچن بیترِ جانورن ہٕنٛز چھِپن جاے۔ ونن منٛز چھِ سوی چاروٲے گاسہٕ کھبوان۔ ون چھِ زمینُک حُسن ہُر راوان۔

وَن چھِ اَن دِوان، یِم چھِ زمینس رُڈٕ گژھنہٕ نِشہِ بچاوان، ہتہٕ بٔدیٔری چھِ لگان زمینس پیٹھ میٚژِ ہٕنٛدِس تتھ پیٹھِ مِس تہَس تیار گژھہٕ نس، یتھ منٛز بٔیوٚل زیوٚراوٕنٛچ تہٕ فصل وو پداوٕنٛچ صلاحیت آسان چھِ۔ ییٚلہِ چرٛوٚک رود لاگان چھُ، زمینُک یہِ تہہ چھُ رُڈٕ گژھان۔ زمین چھےٚ پھاٹھ گژھان۔ کُلۍ چھِ رٕوٚد مۄلوکنۍ پانس اندر رٹٕھ پراوان۔ اتھ چھِنہٕ یِم زمینہٕ پیٹھِ زورٕ سان وسنہٕ دِوان تہٕ یتھِ پاٹھۍ چھُ رٕوٚدٕ وونۍ زمینس منٛز دٲخل گژھان تہٕ آب چھُنہٕ ضایہِ گژھان۔ ییٚلہِ رہتہٕ کالہِ زمیندٲری خٲطرٕ سبٹھاہ سگ ضوٚرٕوٚرتھ آسان چھُ۔ گرٛشمہٕ ستۍ چھےٚ کولہٕ ہوکھان زمینہٕ تلُک آب چھُ کوٚلن تہٕ ناگن ہنٛدِ آبُک سوٚتھُر ڈٕنٛجہِ تھونس منٛز مدد دِوان تہٕ خشک سٲلی چھنہٕ اثر کران۔ ونن ہٕنٛدی گٔنٛز، باڈو دار تہٕ مۄلہٕ دار کُلۍ چھِ سٕہلابُک زور کم کرنس منٛز مدد کران، رٕوٚدٕ وونۍ چھُ وَنٕ منٛزی استہٕ استہٕ پاتھلِس کُن وسان۔ تِکیازِ کُلۍ گنٛبر تہٕ مۄل چھِنہٕ اتھ زورٕ سان بۄن



بۆن وسنہٕ دِوان یتھٕ پأٹھۍ چھُ روٗدٕ ووٗنۍ زمینس منٛز سزان تہٕ شرٛ پان امہِ عملہٕ ستۍ چھُ یُپ کھسنُک خطرٕ کم گژھان ۔ کتھ چھےٚ صاف زِییٚلہ کُلۍ چھہِ زمینُک پیٹھِم مأزُیل تھہ بچاوان ، سہلابُک خطرٕ کم کران ، رہتہٕ کالہِ آبُک سوٚتھُر ڈٔنجہِ تھوان ، تیٚلے چھُ سأئنس زمینس منٛز رِتۍ پأٹھۍ فصل بووان ۔

فصل بوونہٕ خأطرٕ گژھہِ آب وہواتہِ ویہٕ وُن آسُن ۔ کُلۍ چھہِ روٗدوالنس منٛز تہٕ مدد کران ، ہوا صاف کران تہٕ ماحول ڈٔنجہِ تھاوان ۔ اوے چھُ حضرت شیخ العالمؒ سُنٛد دوٚپ زرعی سایٔنسُک اہم نوکتہٕ ۔ اگروِن موکلن ، پأداوارتہِ بووِنہٕ ۔ اگر سأری کُلۍ ژٹنہٕ ییِن ، انسان ہیکن نہٕ زِندٕ روٗزِتھ ۔ تِکیازِ کُلۍ چھہِ سبز پنہٕ ؤتھرن ہنٛدِ ذریعہ کاربن ڈائیکسایڈ پانس اندر شرٛ پراوان تہٕ آکسیجن واپس تراوان ۔ اِنسان تہٕ بییہٕ وارِیاہ زُو زأژ چھےٚ آکسیجن گیس ستۍ زِندٕ ۔ اکھ اکھ سبز پنہٕ ؤتھر چھُ اکھ اکھ تھدِ پایچ نوزُکھ لیبارٹری ۔ یِم چھہِ آکسیجن پأدٕ کران ۔

اسہِ پزن نہٕ کُلۍ ژٹنۍ ، اگر اکھ کُل ژٹو داہ کُلۍ گژھو رُوِنۍ ۔ وِن اگر موکلن سیٚکیٚل کڈِ انٛد وٕنٛد واش ۔ ماحول ڈلہِ ، پأداوار بووی نہٕ ، اولوٗدگی ہُرِ تہٕ زمینُک حُسن راوِ ۔ اسہِ پزِ وِنن رأچھ کرٕنۍ تِکیازِ ییٚلی وَن چھُ تیٚلی چھُ ان ۔



# مشق :

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
| --- | --- |
| یأغی | آوارٕ ، بے گنڈ |
| پٔش | پۆش لفظُک جمع ، وار یاہ حیوان |
| ان | کھبن ، خوراکھ |
| پھانٹھ | اۆگر تھۆگر زمین یوسہ نہٕ پأداوار دِنس لایق آسہِ |
| مأزِیُل | گُتُل فصل ووپدا ونس لایق زمین |
| پاتھُل | مأدأنی زمین ۔ سۆترُ زمین |
| چرٛۆک | تھکہِ رۆس تہٕ گۆن گۆن رۄد ۔ رودٕ جرِ ، رودٕ شرٛانہِ |

## 2. جواب لیکھِو

1. وَنومنٛزٕ کُس کُس فأیِد دِنہٕ ووِل چیز چھُ حأصل سپدان؟
2. پأداوار دِنہٕ والہِ زمینُک پیٹھِم تہہ کیازِ چھُ بچاوُن ضرۄری؟
3. پأداوار دِنہِ والہِ زمینُک پیٹھِم تہہ رُڑٕ گژھنہٕ نِشہِ بچاونہٕ باپتھ کیاپزِ کرُن؟
4. ون کتھٕ کٔنی چھِ سُہلاب زور کم کرنس منٛز مدد کران؟
5. سبز پنہٕ ؤتھرن کیازِ چھِ نوزُک لیبارٹری ونان؟
6. اگر ونن منٛز سأری کُلۍ ژٹنہٕ یِن تیلہِ کیا سپدِ؟



## 3. ضروری کیا نِچھُ

1. وَنن ہِنز رأچھ کرٕنی
2. زیٛادٕ کھوتہٕ زیٛادٕ کُلۍ نوٚراوٕنی
3. ماحول صاف تھاوُن

## 4. ویٚو ھنےٚ کٔرِو

1. ون چھُ تہٕ ان چھُ
2. ون چھُ جاناوارن ہُنٛد مالیُٖن
3. ون چھُ پشن ہِنز چھپن جاے

## 5. اِشارٕ ناوٕتی چھہِ وارٕیاہن قسمن ہِنٛدی مثلن:

1. کانٛسہِ شخصہٕ سِنٛدِ ناوتہٕ بدلہٕ یُس ناوت استعمال سپدِ سُہ گوٚو ''شخژ اِشارٕ ناوُت''
مِثالے: بہٕ، أسی، مےٚ، ہُہ، ہُم، سُہ۔
2. یُس اِشارٕ ناوُت چیٖزس، شخصَس یا جایہِ کُن اِشارٕ کرِ، سُہ گوٚو ''ہاون اِشارٕ ناوُت''
مِثالے: یہِ، یِم، ہُہ، ہُم، ہو
3. یِم اِشارٕ ناوٕتی کانٛسہ شخصَس یا چیٖزس کُن اِشارٕ کرن مگر غأر واضیح آسن، تِم گٔے ''بےسبقہٕ اِشارٕ ناوٕتی'' مِثالے: کانٛسہِ، ہرکانٛہہ، کِتیاہ، واریاہ، کینٛژھن۔
4. یُس اِشارٕ ناوُت دوٚن جُملن یا جُملہٕ اڈن رلاوان آسہِ، سُہ گوٚو ''رلاون اِشارٕ



ناوُت''مِثالے:یِم، تِیٚمۍ سُنٛد، یوسہٕ، تِیٚمِس، یُس، یَس

5. یِمہٕ اِشارٕ ناوتہٕ سٟتۍ کانٛسہٕ شخصَس یا کیٚنٛژن شخصَن سوال پرٛژھنہٕ یِن، تہٕ گوٚو ''پرٛژھن اشارٕ ناوُت''مِثالے: کُس، کٔمۍ سٕنٛز، کسُنٛد، کہنٛز، کٔمِس۔

6. یِم اِشارٕ ناوِتۍ پرٛتھ کانٛسہ نفرٕ سنٛدٕ یا چیٖزٕ خاطرٕ بیٚون بیٚون استعمال چھِ کرنہٕ یِوان تِمن چھِ ''بأگرن اِشارٕ ناوِتۍ''ونان۔مِثالے: پرٛتھ کانٛہہ، کانٛہہ، سأری، پرٛتھ اکھاہ۔

7. یُس اِشارٕ ناوُت مأ لِکانہٕ حقوق ہاونہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یِیہِ تہٕ گوٚو ''مِلکیتی اِشارٕ ناوُت''مِثالے: چون، سون، تہنٛد، میون، یہُنٛد

## مِثالہٕ وُچھِتھ بٔروخأ لی جایہٕ

(الف) 1. ................کوٚر سٕزان۔ مِثال: مےٚ کوٚر سٕزان

2. ................کتھ چھےٚ دود۔ مِثال: ژےٚ کتھ چھےٚ دود

3. ................پوٚر سبق۔تٔمۍ پوٚر سبق

4. ................آیہِ اوترٕ یور

5. ................ووٚن پوٚز

6. ................کھیٚووہٕ تہٕ (مےٚ، تٔمۍ، أسۍ)

(ب) 1. یہِ چھےٚ ......................کُرسی۔یہِ چھےٚ چأنۍ کُرسی۔

2. ................چھُ چون پھٕرن۔ہُہ چھُ چون پھٕرن



3.................چھِ چاۂنۍ پلو۔  4.یہِ چھےٚ.................ییٚنہٕ۔

5.................چھِ چانہٕ کِتابہٕ۔6.................چھےٚ میاۂنۍ موج

(میاۂنۍ ، ہَو ، ییم ، ہُم )

(ج) 1.................چھِ ساأری حاأضِر ۔تم چھِ ساأری حاأضِر

2.................چھُ وقتس پٔٹھ یِوان۔پرٛتھ کاںٛہہ چھُ وقتس پٔٹھ یِوان۔

3.................گرٛھنہٕ اِذا واتاوُن  4.................گوڑ ھُم ستی آسُن

5.تتہِ.................جوان أسی پزاران۔ 6.................چوب رُٹۍ بچاأری

(ءکتی ۔ کاںٛژھا ۔ کاںٛسہِ ۔ اِکتیاہ )

**7. ''دوٚپ'' گوٚو وٕنۍ آہو داناأیی ہنٛز کتھ۔ییتھ منٛز زندگی متعلق کاںٛہہ تجرُبہ کیٚژون لفظن منٛز ژومرأ وِتھ وٕنۍ آسہِ آمٕت۔مثالے:**

1.ان پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ ون پوشہ

2.لأوِ ے بوڈ چھےٚ ساأو

3. فقیر ژاو آنگن ہونہِ ووتھ لچہ دود۔

4.سمٕتھ گےٚ ہمتھ۔

کاشرِ زبانۍ منٛز چھِ بےشُمار دٕپتی،محاورٕ،تلمیح تہٕ مِثالہٕ موجوٗد۔ماسٹر جیٚس مدد ہیٚتھ لیٚکھِو داہ دٕپتی تہٕ وضاحت تہٕ کریوٗکھ



# رفاقت

| | | | |
|---|---|---|---|
| رَہ مُسأفِر | حالہِ حأران | گُلوٗور | سکھر |
| زُتِتو | مشأیلو | بشر | أش بگو |

بُلبُلاہ تھرِ پیٹھ أکِس روٗزتھ گوٚمُت

رَہ مُسأفِر رووُمت ، وتہِ پیٹھ پیوٚمُت

خوفہٕ ہوٚت أنٛدی پٔکھی وُچھان ، أش بگو یِوان

پأنٛی پانس ستۍ پچھتاوان ، ونان

حالہِ حأران ہیوٚ ، دوٚہس پھیوٚرُس ژوپأری

پھل پھلبن پیتھ زُو مےٚ لوٚسُم لأری لأری



آلہِ نِش چھُس دوٗر پیۄمُت، شام گوم
یتَھ گێِٹس منٛز کور گرٛہِ ووٗنی کیٛا بنیوم
ہوش حبس وقتُک مےٚ از روٗدُم نہٕ کانٛہہ
گلٕو وراہ یتُھ چھُم نہٕ گوٚمُت عُمرِہ زانٛہہ
بُلبُلس نکھٕ تل زُتنیٚ اکھ دزٲیہِ ٲنٛز
پرٛزلہِ وُن تارُک ، مشٲلیاہ زوتہٕ وِنیٚ
بُلبُلس کُن وننہِ لٲج کانٛہہ غم مہَ بر
چھُس بہٕ حاضر خٲدمتس ، حُکماہ ژٕ کر
ژونٛگ ہِش زوتان چھےٚ وُچھ کیٛا میانٛی تن
سینہٕ چھُم بے کینہٕ ، دِل شوٚد ، صاف من
وقتِ مُشکل گرٛہِ نہٕ تراوٗنی زانٛہہ تہِ آش
کر سکھر ووتھ تراو غم ہاوے بہٕ گاش
دُنیاہس منٛز تم بشر ، تم لُکھ چھِ جان
یم رفاقت اکھ أکِس آسن کران

(محمد امین کاملؔ)



# زان:

محمد امین کأمِل چھِ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد اکھ ناماوار شأعر، تحقیق کار تہٕ افسانہٕ نِگار۔ تمہِ رۆ دۍ سأری سےٚ وأنسہِ کأشرِ زبأنۍ تہٕ امہِ کِس ادبس خدمت کران۔ محمد امین کأمِل چھِ 1924 عیسوی منٛز کاپرن کولگامہِ زامِتۍ۔ تمو کٔرۍ شأعری منٛز واریاہ نٔوۍ تجرُبہٕ۔ تہٕ خاص کٔرتھ اۆ نٛگھ کأشرِس غزلس منٛز اکھ نۆ و لہجہ بارَسس۔ کأشرِس منٛز آسہٕ ’’نیب‘‘ ناوُک رِسالہٕ تہٕ کڈان۔ أمۍ رسالن کٔڈۍ واریاہ نٔوۍ لیٛکھن وألۍ ژھٕٹہِ بٹہٕ۔ مختلف موضوعن پیٹھ چھےٚ کأمِل صأبنہِ واریاہ کِتابہٕ چھاپ سپزٕمٕژٕ۔ تمو چھِ ترجمہٕ تہِ کٔرۍ مٕتۍ تہٕ کِتابہٕ تہٕ ترتیب دِژمٕژٕ۔ تم أسۍ وارِیہس کالس کلچرل اکاڈمی منٛز شیرازٕ تہٕ سون ادب رِسالن ہنٛدۍ ایڈیٹر۔ مس ملر، لِوتہٕ پژٕو، بیٛیہِ سُے پان، یٔدس پۆ دژ ھاے، چھےٚ تہنٛزٕ ژور شعر سۆمبرنہٕ۔ کتھِ منٛز کتھ (افسانہٕ)، رۆحانی فلسفہٕ (تصوُف)، اسن ترایہِ (تحقیق تہٕ ترتیب)، کُلیاتِ حبہِ خاتۆن (تحقیق تہٕ ترتیب)، جوابن چھُ عرض (تحقیق تہٕ تنقید) تہٕ مہجورنٕن بوٚنٕن تل (تحقیق تہٕ تنقید) چھےٚ کأمِل صأبنہِ بیٛیہِ کیٛنہہ کِتابہٕ۔

’’رفاقت‘‘ چھُ ڈاکٹر شیخ محمد اقبال ہنٛدِ ’’ ایک پرندہ اور جگنو‘‘ نظمُک کأشُر ترجمہٕ، یُس دراصل شُربن ہنٛدِ خأطرٕ لیکھنہٕ آمُت چھُ۔



# مشق :

## 1. لفِظ تہٕ معنی

| لفِظ | معنی |
|---|---|
| رہ مُسافر | وتہِ پکن وول۔ سفرس پٮ۪ٹھ دژ امُت |
| حالہِ حأران | حأرٲنی ہِندِس حالس منز۔ پریشان تہٕ پشیمان۔ ورفتار |
| گُلۍ وَر | گُلِس ورلگُن، مُشکل بُتھِ پیوٚن |
| زُولوٗسُن | کمزور گژھن۔ مرنس پیوٚن |
| خوفہٕ ہوٚت | کھوٚژمُت۔ یُس خوف آسہِ |
| سکھر | نیرنُک اراد۔ تیأری |
| آش | وومید۔ ستھ |
| شوٚد | یتھ نہٕ رل آسہِ۔ صاف |

## 2. جواب لیکھو

1. بُلبُل کیا زِ اوس لنٛجہِ پٮ۪ٹھ پریشان؟
2. زُتنہِ کیا ووٚن بُلبُلس؟
3. یہِ نظم پٔرِتھ کیاہ نصیحت چھِوٕ تہٕ لبان؟

3. 1. "رفاقت" نظم پٔرتھ لیکھو زِتنہِ تہٕ بُلبُل ہنٛز دلیل پننہٕ نٕین لفظن منز
2. یہِ نظم کٔریوٗن یاد



**4. یمن شعرن بنأوِونثر۔**

1. آلہِ نِش چھُس دوٗرپیوٚ مُت شام گوم
   یتھ گٔژِس منز کور گژھِ ووٗنی کیا بنیوم

2. وقتِ مُشکل گژھِ نہٕ ترإوُنی زانٛہہ تہِ آش
   کر سکھر وتھ تراو غم ہاوے بہٕ گاش

**5.** ''رفاقت'' نظم چھےٚ اکھ بأتہٕ کتھ۔ یتھ نظمِہ منز شُر بن ہِنٛدِ باپتھ کانٛہہ موخصر دٔلیل ونہٕ آسہِ آمٕژ تتھ چھِ بأتہٕ کتھ ونان۔ کأشُر زبأنی منز چھےٚ واریاہ باتہٕ کتھِ لکھنہٕ آمٕژ منز دارتہٕ رُت سبق ہیچھِ ناون واجنہٕ بأتہٕ کتھِ پرنہٕ خأطرٕ ہکِو تُہۍ ماسٹر جی ہِنٛدِ مدٕژِ ستی یم کِتابہٕ تہٕ وُچھتھ: شُرِل۔ کتھِ تارِ۔ کینٛژھا میٚنژھا۔ اوٗکُس بوٗکُس۔

**6.** ''زُولوٗسن'' چھُ محاورٕ۔ زُو + لوٗسن = زُولوٗسن۔ زُو چھُ ناوُت تہٕ لوٗسن چھُ کراوُت بونہٕ کنہِ درج ناوٕتی تہٕ کراوٕتی رلأوِتھ بنأوِو محاورٕ تہٕ معنی لیکھِتھ ورتأوِیُوکھ جُملن منز:

| | | | |
|---|---|---|---|
| 1. | زُو + دِیٚن = | 2. | زُو + کھُسُن = |
| 3. | زُو + ژھبٕن = | 4. | زُو + اَژُن = |
| 5. | زُو + ژٕتُن = | 6. | زُو + پھیرُن = |





# مخدوٗم صابؒ

| اعتراف | تصوٗف | شریعت |
| --- | --- | --- |
| لۄب روزُن | تیٖر اندأزی | لور روزُن |

حضرت شیخ حمزہؒ مخدوٗم چھِ کٔشیرِ ہِندی پایہِ بٔڈی وٗلی اللہ۔ تِمن چھِ محبوٗب العالم تہٕ سُلطان العارِفینؒ تہِ وَنان۔ زیادٕ پٲن چھِ مخدوٗمؒ صأب ناوے یاد دِوان کرنہٕ۔ تِم چھِ 900 ہجری منز زأنہٕ گیر علاقہٕ کِس تُجر گامس منز زامتی۔ بابہٕ صأبُن اوسُکھ ناو عثمان رینہ تہٕ ماجہِ مریم۔ مألی ماجہِ اوسُکھ حمزہ ناو کوٚر رمُت۔ یِہنٛدِ خاندانہٕ منز چھِ پتہٕ وتھ ناماوار سپاہ سالار، حأکم، عألم تہٕ عأبد وٗتھی متی۔

مخدوٗمؒ صأب أسی لوکچارِ پٮ۪ٹھے خوش کلام تہٕ پزٕی یأری۔ آوارٕ شُربن نِش أسی لۄب روزان۔ خاموشی تہٕ تنہأیی أسی پسند کران۔ گِندٕنس درو کٔنس أسی نہٕ زیادٕ لأری۔ دپان



تِہ اندأزی تہٕ گُری سوارِ ہُنٛد اوسُکھ لوکٕٹہِ پانہٕ پٔژھِ شوق۔ کم زیادٕ عربی تعلیم آیہ گرٕ ے منٛز پرناونہٕ۔ اتھ زمانس منٛز أسی سری نگرس منٛز زٕ مشہوٗر خانقاہ۔ اکھ اوس سُلطان حسن شاہن شیخ الاسلام بابا اسماعیل کُبر وُی سِنٛدِ ناوٕ تعمیر کرنو وُمت، اتھ أسی خانقاہِ بابا اسماعیل کُبر وُی ونان۔ یہِ اوس پۆکھرِ بل ہیۆر وأرِث خانہٕ نِس چھَس نِش۔ خانقاہ اوس اکھ مذہبی درسگاہ کِنۍ تہِ اِستعمال سپدان۔ حضرت مخدوٗم صأب آیہِ لۄکہِ پانٕے اتھ خانقاہس منٛز دأخل کرنہٕ۔ امہِ کِس درسگاہس منٛز پۆرِتھوأ کِس وٕرِ یَس قرآنِ مجید۔ فتح اللہ خوش خوان اوسُکھ ووستاد۔

امہِ پتہٕ آیہِ حضرت مخدوٗمؒ شمس چک نِس خانقاہس منٛز دأخل کرنہٕ۔ شمس چک سُنٛد خانقاہ اوس سری نگرٕ جامع مسجدِ ہِنٛدِس شُمال مشرق انٛدٕ کِس احاطس منٛز۔ شمس چک اوس بابا اسماعیل کُبر وُی سِنٛدِ عنایتہِ سُلطان حسن شاہ سُنٛد وزیرِ اعظم بنیۆ مُت۔ بابا اسماعیل سنٛزِ مرضی مطأبق کۆر شمس چکن خانقاہ تعمیر۔ کٔشیرِ منٛز اوس یہ پننہٕ قسمُک گوڈنیُک خانقاہ یتھ منٛز تھدِ پایک درسگاہ اوس، اتھ اوس دارالشفا ناو۔ اِسلامچ تھزٕ تعلیم حاصِل کرنُک اوس اتہِ سبٛٹھاہ رُت انتظام۔ اتہِ اوس اکھ عالی شان کُتب خانہٕ تہِ۔ خانقاہس منٛز أسی طألبِ عِلمن تہٕ عألمن ہِنٛدِ روزنہٕ خأطرٕ بیۆن بیۆن کُٹھی۔ اتھ خانقاہس منٛز کُر حضرت مخدوٗمؒ صأبن وُہن وٕری ین تھزٕ تعلیم حاصِل۔ اتہِ پۆرِتھو قرآن تفسیر، حدیث، منطق، فقہٕ، تَصوُف، اورادواذکار تہٕ اخلاق۔ اتھ درسگاہس منٛز أسی پننہِ وقتکۍ مشہوٗر عألِم تہٕ عأبد ووستاد آخون مُلا درویش تہٕ آخون مُلا لطُف اللہ پرناوان۔



تعلیم مُکمل کٔرِتھ کوٚر حضرت مخدوٗمؒ صأبن کلاش پوٚرِس نکھے أکِس جایہِ قیام۔ اتھ جایہِ چھِ مخدوٗم منڈو ونان۔

خدا تعالیٰہن اوس مخدوٗم صأبس رحمۃ اللہ علیہ تیز یادٕ ووٚتُر عطا کوٚرمُت۔ شمس چک نِس خانقاہس منز دأخل سپدنہٕ وِزِ آسی تِم واریاہ لوکٕٹ۔ اِوموکھِ آیہِ تِم تتھ کُٹھِس منز تھونہٕ یتھ منز برونٹھے اکھ بُزرگ روزان اوس۔ یہِ بُزرگ اوس پرٛتھ رأژ سوٗرۂ کہف تھدِ تھدِ پران۔ کینٛہہ دوہ گژھِتھ ووٚنُس حضرت مخدوٗمؒ صأبن زِ تہُنٛدِ تھدِ تھدِ پرنہٕ ستیٚ گوٚو مےٚ تہِ یہِ سوٗرۂ شریف یاد۔ بُزرگ گوو حأران زِ یُژٕ کالہٕ پیٹھٕ چھُس بہٕ یہِ سوٗرۂ شریف یاد کرنٕچ کوٗشِش کران مگر یادٕ ے چھُم نہٕ گژھان۔ یمِس شُرِس روٗد بوزان بوززانٕے ژٕیتَس۔

حضرت مخدوٗم صأبؒ آسی دوہس راتس خدا تعالیٰ سٕنٛدِس عبادتس منز آوٕری روزان۔ واریہو تذکِرٕ نِگارو چھُ پیغمبرن تہٕ اولیاہن ستیٚ مخدوٗمؒ صأبنن روٗحأنی ملاقاتن ہُنٛد ذِکِر کوٚرمُت۔ تِمن اوس عٔلمس تہٕ گاٹٕ جارس منز تہِ کمال تہٕ روٗحأنی تھزر تہِ حأصِل۔ تہنٛزٕ واریاہ کرامأژ چھےٚ مشہور۔ تِم آسی شرعیتکی پابند روٗزتھ معرفتکی طلب گار، توہم پرستی ہٕنٛدی مُخألِف۔ پرٛتھ کأنٛسہِ آسی خداوند کریم سٕنٛزٕ عبادت کرنس ستیٚ ستیٚ دُنیأوی طور رٕژن کامن ہُنٛد تلقین کران۔ نیک عملن پیٹھ آسی زور دِوان۔ مسجدٕ تہٕ سرأنہٕ کُٹھی آسی تعمیر کرناوان۔ کأنٛسہِ مخلوقس آزار واتناونس آسی بیزار۔ فرماوان آسی زِ خدا تعالیٰ سٕنٛدِس قہرس گژھِ کھوژُن تہٕ تسنٛدِس رحمتس گژھِ ووٚمیدوار روزُن، حلال رزق گژھِ کھیوٚن، دُنیاہس تہٕ دولتس گژھِ نہِ لول برُن۔ خدا تعالیٰ سٕنٛزٕ عبادت کٔرِتھ گژھِ تسٕنٛزن نعمژن ہُنٛد شُکر



گذار روزٕن ۔ وٕقتکۍ ناماوار عالِم تہٕ مشائخ اٲسۍ تہند بن ژاٹن تہٕ خدمت گُذارن منٛز شامِل ۔ تِمن کٔر کھ تربیت ، یِمہٕ ستۍ تِمن روٗحٲنی تھزٕر حاصِل سپُد ۔ یِمن منٛز چھِ حضرت بابا داوٗد خاکیؒ ، میر حیدر تُلہٕ مُلیؒ ، شیخ احمد ژوگلیؒ ، خواجہ اِسحاق قاریؒ تہٕ شیخ نوروز ریشیؒ بیترِ شامِل ۔

پٹھان گورنر عطا محمد خانن کوٚر حضرت سُلطان العارفین مخدوٗمؒ صاٲب تہٕ شیخ العالم حضرت نوٗر الدین ریشیؒ صابٕنس مُشترکہٕ ناوس پیٹھ سِکہٕ جاری ۔ یِمن ولی اللہ ہن ہِندِس ناوس پیٹھ سِکہٕ جاری کرُن چھُ وو پرٕ حُکمرانن ہِندِ ؤسی یِہندِ عظمتُک اعتراف ۔

حضرت مخدوٗم صاٲبن نیوٗ 24 صفر 984 ہجری منٛز یِمہٕ دُنیاہ منٛز تشریف ۔ تِم آیہٕ کوہ مارانس پیٹھ تتھ جایہِ نِکھے اوسوٗ دِکرنہٕ یتھن وارِ یہس کالس تِم عبادت کران اٲسۍ ۔ یِہُند درگاہ چھُ فٲض تہٕ برکتُک مرکز ۔ اتھ زیارتس پیٹھ چھےٚ ہمیشہ لوٗکن ہنٛز رٔج آسان لٔجمٕژ ۔ پرٛتھ وٕری یہٕ چھُ شتوٗ ہمہِ صفرا یِہُند دوہ مناونہٕ یِوان تہٕ وورُس لگان ۔



# مشق :

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | | معنی |
|---|---|---|
| اعتراف کرُن | : | مانُن ،یقرار کرُن |
| تَصوٗف | : | علمِ معرفت، روحانی بصیرت، مذہبِ اسلامُک روحانی فلسفہٕ |
| شریعت | : | قرآنِ مجید مطابق اِسلامکی قونوٗن |
| لورروزُن | : | مائل برُن، دِلچسپی ہاوِنی |
| لۆب روزُن | : | دوٗر رہیۆن ۔ بیۆن بیۆن روزُن |
| تیر اندازی | : | تیر چلاوُن، تیر لایِنچ کھیل ۔ ماٲدانِ جنگس منٛز تیر لایٕنۍ ۔ |
| شیخ الاسلام | : | مُسلمانن ہُنٛد مذہبی زِیٛٹھ |
| مشائخ | : | شیخ لفظُک جمع ۔ عالِم ۔ فاضِل |
| فِقہٕ | : | شریعت کِبن قونوٗنن ہُنٛد عِلم ۔ علمِ دین |
| تفسیر | : | وضاحت ۔ قرآنِ مجیدُک شرح |
| منطق | : | یُس عِلم عقلی دٔلیلوٕ ستی حقس تہٕ ناحقس فرق کرِ |
| ولی اللہ | : | خداصابُن ٹوٹھ ۔ روحانی بزرگ |



| | | |
|---|---|---|
| خانقاہ | : | خدادوستن، درویشن تہٕ عٲلم گارن واللین ہنٛز روزن جاے |
| مُبلغ | : | تبلیغ کرن وول۔ کتھ واتناون وول۔ |
| باباداؤ دخاکیؒ | : | تھدِ پایِک عٲلم، ادیب، شاعر تہٕ ؤلی اللہ۔ وفات 994 ہجری۔ |
| خواجہ اسحاق قاریؒ | : | صاحبِ حال بُزرگ تہٕ "چلچلتہٗ العارفین" کتابہِ ہُنٛد مُصنف۔ |
| شیخ احمد ژوگلیؒ | | تھدِ پایِک صاحبِ حال بزرگ۔ ژوگل ہندوارِ چھِ مدفن۔ |
| شیخ نوروز ریشیؒ | : | کٔشیرِ ہُنٛد اکھ مشہوٗر ریٚوش یُس شنگہٕ بی بی ہنٛدِس مرقدس نکھِ کھویہ ہامہ اوسوٗ دِ چھُ۔ |
| عطامحمد خان | : | کٔشیرِ ہُنٛد پٹھان گورنر (1813-1808) عیسوی |
| حضرت سُلطان العارفینؒ | : | حضرت شیخ حمزہ مخدوٗمؒ (1576-1494) عیسوی |
| نوٗرالدین ریشیؒ | : | شیخُ العالمؒ (1438-1372) عیسوی |
| سُلطان حسن شاہ | : | (1484-1472) عیسوی، کٔشیرِ ہُنٛد اکھ بادشاہ |

## 2. جواب لیکھِو

1. مخدوٗمؒ صاأب کتہِ تہٕ کرأسی زاامتی؟
2. مخدوٗمؒ صاأبنِس لوکچارس متعلق لیکھِو پانٛژھ جُملہٕ
3. مخدوٗمؒ صاأب کمو ناوٕ ستی چھِ یِوان یاد کرنہٕ؟



4. مخدوٗم صأبؒ کیٚا نصیحت اٚسی لوٗکن کران؟

5. مخدوٗم صأبُن استان کتھ جایہِ چھُ تہٕ اتہِ کرچھُ مأکہٕ لگان؟

### 3. پٔرتھ موضوٗعس متعلق لیکھِو پانٛژھ جُملہٕ:

1. شیخ اسماعیل کُبر وی سُند خانقاہ
2. شمس چکُن خانقاہ

### 4. یِم محاورٕ کٔریوٗکھ جُملن منٛز استعمال

لوٚب روزُن ۔ لور روزُن ۔ اسمانہٕ پیٚون ۔ تھدِ تھدِ پرُن ۔ لول برُن

### 5. یارس لیکھِو چِٹھی ییٚتھ منٛز کٔنہِ وورشُک حال باوُنہٕ آسہِ آمُت ۔ یُس توٚہیہِ وُچھمُت آسہو

### 6. یِمن موضوٗعن متعلق لیکھِو اکھ اکھ پیرا گراف

1. حضرت شیخ حمزا مخدوٗمؒ کشمیری
2. کانٛہہ پرٲنۍ مسجِد





# ریڈ کراس سوسایٹی

| | | | |
|---|---|---|---|
| رضا کار | بحألی | بجأیی | ڈُبہٕ ڈاس |
| ووکھٕ | اڈٕ مور | تأجر | بمن |

یتھ ووزِلس نِشانس چھِ ونان ریڈ کراس ۔ یہِ چھُ اکھ مقبول تہٕ مشہوٗر رضا کار تنظیمہِ پٔنُن پزٕ زناون نِشانہٕ مُقرر کوٚرمُت ۔ اتھ تنظیمہِ چھُ ناو "ریڈ کراس سوسایٹی" ۔

ہینری ڈوناںٹ اوس سُویزرلینڈُک اکھ تأجر ۔ 1859 عیسوی منٛز ووت سُہ اِٹلی ۔ امی وٕری یہِ اوس اِٹلی تہٕ آسٹریاہس درمیان زبردٔس جنگ چلان ۔ سولفرینو ناوچہِ أکِس جایہِ أسی دۄنوٕنی مُلکن ہنٛدی فوجی اکھأکِس پیٹھ حملہ کران ۔ اتہِ أسی لاشن امبر گأمتۍ ۔ شُرٕ ہن گأنٹن دوران گیہِ الہٕ پلہٕ ژتجی ساس سپاہ چھوکہٕ لدتہٕ مارٕ ۔ نہ اوس لاشن کانٛہہ تُلان تہٕ نہٕ چھوکہٕ لدن کانٛہہ سنان ۔ پرٕ بتھ اںٛدٕ آسہٕ چھوکہٕ لَد انسانن ہنٛزٕ کرٛکہٕ تہٕ چکہٕ



کنن گژھان۔ ہینری ڈونانٹس گوو یہِ دۄکھل حال وُچھِتھ تہٕ چھو کہٕ لدن ہٕنٛزٕ چکہٕ بۄزتھ زرٕ زرٕ۔ پریشانِ حال گوو۔ تٔمۍ کٔری کینٛہہ لۄکھ ییتھ تِتھٕ چھو کہٕ لدن راحت واتناونہٕ خٲطرٕ آمادٕ۔ چھو کہٕ لدن مدد کٔرتھ تہٕ راحت واتناوِتھ گۄو سُہ واپس سُوئزرلینڈ۔ جنگہٕ ستۍ سپد پیٛژ تباہی تہٕ چھو کہٕ لدن ہٕندی اِرسرٕ گیہ نہٕ تس مشرِتھ۔ تٔمۍ لیچھ اکھ کِتاب۔ اتھ کِتابہ منٛز لیوٗکھن تمہِ تباہی ہُنٛد حال اوحال تہٕ لۄکن کٔرن اپیل زِ جنگن دوران ییم سِپاہ چھو کہٕ لدآسن گژھان، تِمن راحت واتناونہٕ خٲطرٕ گژھِ اکھ رضاکار تنظیم آسٕنۍ۔ واریاہو لۄکو کٔر یہِ کِتاب پسند تہٕ 1863 عیسوی منٛز آیہٕ اکھ باضأبطٕ رضاکار تنظیم بناونہٕ ییتھ ''ریڈکراس سوسایٹی'' ناو تھونہٕ آو۔ اَمِچ کٲم اٗس جنگن منٛز سپدن واجِنہِ تباہی ہُنٛد مقابلہٕ کرنہٕ علاوٕ وُ جارٕ گامتِن لۄکن ہٕنٛزٕ نوسرٕ بحٲلی تہٕ بحٲیلی خٲطرٕ انتظام کرُن۔ ازچھےٚ یہِ تنظیم عالمی سۄتھرس پیٹھ کٲم کران۔ امہِ تنظیمہِ ہُنٛد دفتر چھُ سُوئزرلینڈ کِس شہر جینوا ہس منٛز۔

ریڈکراس تنظیمہ ہٕندی چھِ کینٛہہ خاص اصوٗل۔ مثالے انسانی قدرن رٲچھ کٔرنۍ، عالمی سۄتھرس پیٹھ تمام لۄکن منٛز بأے بنٛدُت پأدٕ کرُن۔ انسانہٕ ہِنٛدِس زُوس تہٕ صحتس بچاوتہٕ عزت کرُن۔ اِنسانن ہٕندی دۄکھ کم کٔرنۍ۔ مذہب کِس، زأژہٕندس تہٕ سیاست کِس ناوس پیٹھ انسانن درمیان بھِن نہَ ورتاوُن۔ پزتھ انمانہٕ غأر جانب دأری ورتاوٕنۍ۔ اوے رۄزنہٕ ریڈکراس سوسایٹی ہٕنٛز کٲم چھو کہٕ لدَن دوددواکرنس تامے محدود۔ وونۍ چھےٚ یہِ تنظیم محتاجن، غریبن تہٕ جسمَس منٛز کانٛہہ نوٗقص آسن والین



لۄکن تہٕ مدد کران۔ بُنٛلبن ، سٲلابن ، نارِ وٲری داتن ، طوٗفانن تہٕ باقٕے مصیبتن منٛز ہیٚنہٕ آمتٮ۪ن لۄکن ہنٛزِ بحٲلی تہٕ بحٲیی باپتھ چھےٚ یہِ تنظیم پرٛتھ ساتہٕ تیار روزان تہٕ تِمن امداد واتناوان۔

ہندوستانس منٛز آیہِ ریڈ کرٛاس سوسایٹی 1920 عیسوی منٛز وجوٗدس ۔ سٲری ہے مُلکس منٛز چھےٚ اِمکۍ 640 شاخ کٲم کران ۔ سٲنس ریاستس منٛز تہِ آیہِ اَمِچ شاخ 1947 عیسوی منٛز قٲیم کرنہٕ۔ اَمِیُک صدر دفتر چھُ ریڈ کرٛاس روڑ سری نگر۔ اَمِیُک صدر چھُ ریاستُک گورنر تہٕ نایب صدر وزیرِ اعلیٰ آسان ۔ ستھ سرکٲری افسر تہٕ ستھ معتبر غٲر سرکٲری نفر چھِ اِمکۍ ممبر آسان ۔ اکھ اعزٲزی جنرل سیکریٹری چھُ یِموے ممبرو منٛزٕ ژارنہٕ یِوان ۔ ضِلع صدر مقامن پیٹھ تہِ چھِ یتھے پٲٹھۍ ریڈ کرٛاس کمیٹیہِ موجوٗد، یِم پرٛتھ ساتہٕ لۄکن ہِنٛدِ خدمتہٕ تہٕ اِمدادِ باپتھ تیار آسان چھےٚ ۔ ووٚنۍ چھےٚ سکوٗل شُربن منٛز محتاجن مدد کرنہٕ رٕکس ، ماے محبت ورتاونٕکس تہٕ اکھاَکۍ سِندس دوٗکھس داٗدِس منٛز شریکھ سپدنہٕ رٕکس جذبس پوچھر دِنہٕ باپتھ وارِ یِہن سکوٗلن منٛز تہٕ ریڈ کرٛاس کمیٹیہِ بناونہٕ آمٕژ۔

سٲنس ریاستس منٛز تہِ چھےٚ اِنڈیَن ریڈ کرٛاس سوسایٹی ازتام تھےٚکنہٕ لایق کٲم کران آمٕژ۔ 1942 عیسوی منٛز کوٚر امہِ تنظیمہِ جنگہٕ ستۍ تباہ گٲمتٮ۪ن لۄکن مدد۔ ژارِ شریف رٕکس نارِ وٲری داتس تہٕ جوٲہر ٹنلہِ پیٹھِ پسہِ ؤستھ یِنہٕ رٕکس سنٛگین حادثس دوران کوٚر انڈین ریڈ کرٛاس سوسایٹی Indian Red Cross Society ستۍ ستۍ امہِ چہِ ریاستی شاخہِ تہِ مصیبت زدن مدد ۔ والٹینگ قاضی گُنڈس منٛز آو فروری 2005 عیسوی منٛز



زبردس شینہٕ طوٗفان۔ رہتہٕ وادن روٗزاتہِ بحاٗلی تہٕ بحاٗلی ہنٛز کاٗم چلان۔ واریاہ لوٗکھ تہٕ چاروٲے موٗدی۔ لاشہِ روزٕ واریہس کالس شینس تل۔ اَتھی وٕری ییس منٛز آو اٲٹھمِہ اکتوٗبر زوردار بُنیُل تہِ یمیٚ زبردس نوقصان واتنوو۔ ہتہٕ بٔدی لوٗکھ موٗدی۔ بےشُمار لوٗکھ گےٚ چھوکہٕ لَد۔ مکانن گوو ڈُبہٕ ڈاس۔ یمن سارِنٕے وٲری داتن تہٕ حاٗدثن دوران روز ریڈکراس سوسایٹی لوٗکن امداد واتناوان۔ رضا کارٲسی دوٚہس راتس کاٗم کران۔ بُنلہِ سیتۍ زیادٕ مُتاٗثر سپدن وٲلی علاقہٕ ٲسی پرٛونٛژھ، ورِمُل تہٕ کوپوور۔

انسان تہٕ انساٗنیت کہِ خدمتہٕ خاٗطرٕ چھےٚ وُنی کینٛہہ عالمی تہٕ مقاٗمی سوٚتھرس پٮ۪ٹھ وارِیاہ رضا کار تنظیمہ ہوٚل گنڈتھ کامہِ منٛز آورِ۔ ہلالِ احمد تنظیم چھےٚ 1872 عیسوی پٮ۪ٹھٕ کاٗم کران۔ بُلڈ بنک چھِ قاٗیم آمٕتۍ کرنہٕ۔ انسانس پزِ پرٛتھ ساتہٕ پرٛتھ کاٗنسہ اکاربکار یُن۔ انسانس تہٕ انساٗنیتس قدٕر کٔرنۍ، دوٚیمن ہنٛد دوکھ دودٕ ژیُنن تہٕ بٲے بندٕ تِس پوچھر دِیُن۔



# مشق:

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | | معنی |
|---|---|---|
| رضا کار | : | معاوضہٕ ورأے پننہِ مرضی پٹھ کأم کرن وول |
| ووکھٕ | : | کھوژناون وول۔ ڈُلٹہٕ۔ خطرناک |
| تأجر | : | تجارت کرن وول۔ باپأری |
| اڑِمور | : | زخمی۔ یَس چھوکھ آسن آمتی۔ |
| سولفرینو | : | Solferino، اٹلی تہٕ آسٹریاہس منزٕس اکھ جاے۔ |
| راحت | : | آرام۔ سوکھ۔ سہولیت۔ |
| بحألی | : | پرأنس حالتس پٹھ واتناوُن۔ مصیبتہٕ منز کڈُن |
| بحأیی | : | آباد کرُن، بجا کرُن |
| بُلڈ بنک | : | Blood Bank ییٚتہٕ خون جمع کرِتھ ضرورتھ منٛدن دِنہٕ چھُ یوان۔ |

## 2. جواب لیکھِو

1. اٹلی تہٕ آسٹریاہس درمیان یُس جنگ سَپُد سہٕ وُچھتھ کیازِ گوو ہینری ڈونانٹ دوکھہٕ زد۔
2. ہینری ڈونانٹن کیا اپیل کُر پننہِ کتابہِ منز لوٗکن۔
3. عالمی ریڈ کراس سوسایٹی کرآیہِ وجوٗد س؟



4. عالمی ریڈکراس سوسایٹی ہُند موٗلہٕ مقصد کیا اوس
5. ووٗنی کمہٕ کمہٕ کامہِ چھےٚ یہِ تنظیم کران
6. ہندوستانس منٛز کر آیہِ ریڈکراس سوسایٹی قائیم کرنہٕ؟
7. سأنس ریاستس منٛز کر آیہِ ریڈکراس سوسایٹی وجوٗد س؟
8. ریڈکراس سوسایٹی ہٕندی بُنیأدی اصول لیکھو۔
9. سأنس ریاستس منٛز کمہٕ کمہٕ خاص کامہِ چھےٚ ازتام ریڈکراس سوسایٹی کرِمژ

**3. ہیڈ ماسٹر صأبنہِ ناوٕ لیکھو درخاس۔ یتھ منٛز سکوٗلس منٛز بچن ہنٛز اکھ ریڈکراس کمیٹی قایم کرنٕک اجازت منگنہٕ یِیہِ۔**

**4. خألی جایہِ بٔرِو**

دود  دأدی  دادِبن  بُنیٛل  بُنلو  بُنلِبن

بوے  بأے  بایَن

مول .................... ....................

کوٚل .................... ....................

گوٚل .................... ....................

زوٚر .................... ....................



## 5. خألی جایہِ بٔرِو

1. فروری 2005 ءمنز آو..................منز شینہٕ طوٗفان
2. اکتوٗبر 2005 ءمنز آو شُمالی کٔشیرِ منز ووکھ ..................
3. عالمی ریڈ کراس سوسایٹی ہُند دفتر چھُ سوٗیزرلینڈ کِس شہر............منز۔
4. شُرہن گاٮ۪ٹن دوران گٔیہِ..................سِپاہ چھو کہِ لدتہٕ مارٕ۔
5. انسانس پزٕ اکس بیٚیِس............یُن۔

(اکار بکار۔ والٹینگ قاضی گُنڈس ۔بُنیُل ۔ژتجی ساس، جنیوا)

## 6. نومن عنوانن متعلق لیکھِو داہ داہ جُملہِ:

1. ریڈکراس سوٗسایٹی ہٕنز کأم
2. میون دوس





# ریٚنٛہِ

| | | | |
|---|---|---|---|
| بُمراے | دِوَے | شہزٲز | دڑمن کوٚٹ |
| مِضراب | عروج | کاڈ | سونہٕ ہٲری |

سوٗنتہٕ روٗدٕ ییٚلہِ پوٚتھرُ نرمیٚو وتہٕ ریٚنٛن لٔج بُمراے

صُبحک وق اوس تہٕ سونہٕ ہٲری تاپہٕ زٕژن تل اۘسی نیٖلی کاژہی پنہٕ وٕتھر نپہٕ نپہٕ کران

گُلہِ تلہٕ کہِ آلہِ چہِ ریٚنٛہِ آسہٕ تتھٕ کنہٕ نیران زنتہٕ دِوَے اۘس۔ اَچہِ آسہٕ بجہٕ تہٕ بِسیار آسہٕ

نچہٕ۔ بجہِ آسہٕ وتچھہِ۔ تم آسہٕ سفید پکھہٕ کرِتھ زنتہٕ کوٚت تام سأس درٛامژ۔ تم آسہٕ گوٚبٕ

گوٚبٕ پری تڑ اوان۔ ٹھہراو گرٕ گری وُڈنہِ سنٛمبالان تہٕ منٛزی منٛزی کاڈ کڈان۔ زن آسہٕ

پننہٕ آسنک جشنہٕ مناوان۔



نچہ نچہِ ریٚیہِ آسہِ زن تہٕ دایہ ، بجن ریٚین أندی أندی گتہٕ گیوٗرکران ۔ أتھی منٛز چھےٚ اکھ سفید پکھہِ کرِتھ شہزأ ز ہناہ بروٗنہہ پہن تہٕ کھۄ أکس ووتھ وٗنس دزمن کٔٹس پٔٹھ ۔ پکھن دِتٕن مِضراب تہٕ ساز وایان کھۄ اَسمان ۔ أمِس پتہٕ بێا کھ تہٕ تس پتہٕ بێا کھ ۔ خبر کرٕ! خبر دایہ ما آسہٕ ہن أہندِس اتھ عروجس پٔٹھ رشِک کران ۔

مگر تنچہِ پٔٹھُک بلی نچرُ اوس ووپھہ ووپھہِ شِکار گرتھ وولسنس آمُت ۔

(اختر محی الدین)

## زان:

''ریٚیہِ'' چھُ اختر محی الدین سُند اکھ موخصر افسانہٕ ، ''موج'' عنوانس تحت اختر صأبن موخصر افسانہٕ چھُ توہہ سُتی مہِ جمأژ منٛز پوٚرمُت ۔ موخصر افسانس چھِ انگریزی پأٹھی (Short Story) ونان ۔ تہٕ ذٕ پتھ گوو موخصر کتھ یا ذٕلیل ۔ افسانس تہٕ ذٕلیلہِ منٛز چھےٚ خاص فرق یہ زِ ذٕلیل چھےٚ زبأنی زبأنی اکہِ پُیہ پٔٹھ بێیس پُیہ تام واتان روزان ۔ افسانہٕ چھُ کأنسہِ خاص افسانہٕ نِگار سُند تخلیق آسان ۔ افسانٕچ بُنیاد تہٕ چھِ ذٕلیلے ، مگر تخلیق کرنہٕ آمژ کتھ یا ذٕلیل یتھ منٛز اکھ مخصوٗص واقہ وونہٕ آسہِ آمُت ۔ ژھوچر چھُ افسانہٕ خأطرِ ضرورری ۔ امکی واقہٕ تہٕ پُلاٹ گرٕھن نہٕ وُٹھتھ آسٕنی ۔ ووٕنی چھِ تیتی لوٕکٕٹ افسانہٕ تہٕ لیٚکھنہٕ یِوان ، یمن پوسٹ کارڈ Post Card افسانہٕ ونان چھِ ۔ کأشر زبأنی منٛز تہِ چھِ واریاہ افسانہٕ لیٚکھنہٕ آمٕتی ۔ امین کأمل ، ہری کرشن کول ، تاج بیگم ریٚنزو



ہردے کول بھارتی، بشیر اختر تہٕ فاروق مسعودی لیس سان چھِ واریاہ افسانہٕ نگار افسانہٕ لکھان۔ اختر محی الدین اُسی لعل باز رسری نگرٕ روزان۔ تم گٲیہ 22 مئ 2001 عیسوی مَنٛز ییٚمہِ عالمہٕ۔ ''ریٚیہِ'' افسانٕک مرکزی خیال چھُ یہِ زِ انسانن تہٕ باقٕے زوزاٰژن پَزِ پننہِ نِس حدس مَنٛز روزُن۔ ریٚیہِ ہُنٛد طاقتھ چھُنہٕ اسمان کھسُن۔ یامتھ سووُ پھ ٹلان چھِ بلۍ نۍجُر چھُس نبنگلاوان تہٕ ییتِس کالس زمینس پیٹھ تہٕ اُلِس مَنٛز روزان چھےٚ تیتِس کالس چھےٚ محفوظ روزان۔

# مشق :

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
|---|---|
| بُر اے | آبہٕ بُرَن ہٕندی پاٹھی کُنہِ چیزک اٰکی ساتہٕ تہٕ یسلہٕ پاٹھی کھسُن |
| دِوَے | مالِہ، وورس۔ ووسہٕ دژ وسہٕ۔ |
| عرُوج | ارتقاء پژاوُن۔ تھوٚد کھسُن، ترقی کرٕنی |
| کاڈ | زیٖٹھٕ راوُن۔ واش کڈِتھ وُسعت دِیُن |
| دژمن کوٚٹ | دژمُن چھُ اکھ وُسنٛ گاسہٕ ذاتھ۔ کوٚٹ گوو درمنس درامُت تھَو۔ |

## 2. جواب لیکھو

1. ریٚیَن کرٕنۍ بُر اے؟



2. بجہِ رہٕنؠہِ کیا آسہٕ کران؟
3. بلیٚ بچُر کیا زِ اوس وولسنس آمُت؟
4. نچہِ رہٕنؠہِ کیا آسہٕ ہن سوچان؟

### 3. ’’ رہٕنؠہِ ‘‘ افسانٕس منٛز چھِ ترٛیہِ قسمکۍ کردار:

1. بجہِ رہٕنؠہِ 2. نچہِ رہٕنؠہِ 3. بلیٚ بچُر

ترینہٕ وٕنۍ قسمن ہندبن کردارن ہنٛز کأم ژٕتٕس پأوِتھ لیکھو افسانٕچ کتھ پننٕ نبن لفظن منٛز

### 4. یہِ افسانہٕ پٔرِتھ لیکھو امیُک مرکزی خیال

### 5. افسانہٕ کیا گوٚو؟

### 6. اختر محی الدینٕس متعلق لیکھو پانٛژھ جُملہٕ





# مان سَر

| ژھێپہٕ ژھور | پناہ گاہ | مندور |
| --- | --- | --- |
| ہےَ بنٛگہٕ | أندی پکھی | سأاأنی |

مان سَر چھُ اکھ مأری موٗنٛد سَر ۔ جوٚم شہرٕ پیٛٹھہٕ چھُ یہِ مشرِقس کُن 59 کلومیٹر دوٗر ۔ یہِ چھُ تھدٕ بن بالن ہٕنٛزِ کھونہِ منٛز قدرتُک اکھ شاہکار ۔ زیٛچھر چھُس دوٗن میل تہٕ کھجر اوٚڑ میل ۔ سٔنٛبر یوٚ دوے زیادٕ چھُس نہٕ توتہِ چھےٚ اتھ منٛز بجہِ بجہِ گاڑٕ زنتہٕ ژھالہٕ ماران تہٕ ژھێپہٕ ژھأرِس گِنٛدان آسان ۔ کِسی بطخ تہِ چھِ اتھ منٛز گہے آبہٕ پیٛٹھی تہٕ گہے آبس منٛز دُمبٕکھ دِوان نظرِ گژھان ۔ یہِ چھےٚ اکھ پُرسکوٗن جاے ۔ اتہِ چھےٚ روزنہٕ خأطرٕ واریاہ کم لرِ ، ووں گوو سرکارن چھِ کینٛہہ ریسٹ ہاوس تعمیر کرناوی مٕتۍ ۔ دوہَس چھےٚ اتہِ سأاأنٛن ہٕنٛز رٔج آسان لُجمٕژ ۔ تاہم چھِ اکثر سأاأنی دوہ ڈلہٕ وُنۍ اتہِ نیرُن ہوٚوان ۔ سرس أندی أندی چھِ خوش یِوٚنی سدا بہار گُلی تہٕ پوٚشہِ چمن ۔ نگھے چھےٚ مِنہِ مربن ہٕنٛز اکھ پناہ گاہ



تہٕ ۔اتھ پناہ گاہس منٛز چھِ مور، تیٖتر تہٕ باقٕے جنگلی جاناوار تہٕ رچھنہٕ یِوان۔سأنؠ چھِ سرُک نظارٕ وُچھنہٕ پتہٕ ضرور یہِ پناہ گاہ وُچھنہٕ گژھان۔

مان سَر علاقس تہٕ سرس چھےٚ مذہبی تہٕ تواریخی اہمیت تہٕ ۔سرِکس بُٹھس پیٹھ چھِ اکہِ پرانہِ محل خانٕکی آثار۔محل خانس نکھے چھےٚ بیٚیا کھ مندور۔سرَس نکھے چھِ کینٛہہ پرأنؠ مندر تہِ ۔اتہِ چھُ زیٚٹھ زوٗنہٕ پٔچھ ستمہِ دوہ یوٚ ڈماکہٕ لگان عقیدت منٛد چھِ نژان، گیوان، گِنٛدان تہٕ پوٗزا کران۔سرس أندی أندی گتھ دِنۍ چھُ تازٕ کاریٚتھ گراکن ہٕنٛدِ باپتھ رُت شگون مانہٕ یِوان۔پتھ کالہِ چھُ مان سرَس أندی پٔکھ علاقس نیٖل پورنا واو سمُت۔

اتھ سرس اکہِ انٛدِ نکھے روزن وألؠ لوٗکھ ہر گاہ نہٕ ہراسہٕ کرن تیٚلہِ گژھِ یہِ سراولوٗدٕ ۔سأنؠن تہِ پزِ نہٕ امہِ جایہِ ہٕنٛز شوٗب خراب کرٕنؠ ۔اتہِ گژھِ پولِتھین لِفافن ہٕنٛدِس استعمالس پیٹھ پوٗرٕ پابندی لاگنہٕ ینٛۍ۔امہِ سرُک حسُن تہٕ شوٗژر رچھنہٕ باپتھ گژھِ احتیاط ہیٚن ورتاونہٕ ۔بالن ہٕنٛزٕ کو چھِ منٛز دوٗدٕ پیالکی پأٹھی گرایہِ مارن وول یہِ جھیٖل وُچھتھ چھُ انسان خوش گژھان تہٕ سروٗر پرٛاوان۔

## مشق :

### 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
|---|---|
| ژھسپہٕ ژھور | أنؠ ژھپرِ گنٛدُن۔اتھ گندنَس منٛز چھُ اکھ شُر ژوٗرِ روزان تہٕ |



بیٚا کھٕشُر چھُ أمِس ژھانڑان تہٕ آخرس رٹان۔

| | |
|---|---|
| دُمبُکھ | ڈُنج دِتھ آبس تل روزُن |
| رٔج | لۆکن ہُنٛد ژھینہٕ رُس یُن گرٛٹھُن۔ تیٚرن ہُنٛد اکی تڑ ایہِ پکُن |
| ہراسہٕ | احتیاط ورتاوُن۔ موحتیاط روزُن۔ کھوژُن |
| پناہ گاہ | چھپن جاے۔ حفاظتہٕ سان روزٕن جاے |
| مِنہٕ مُر | اکھ جنگٕلی جانور۔ |

## 2. جواب لیکھو

1. مان سَر کوتاہ دۆر چھُ جیٚمہِ پیٹھٕ؟
2. پتھ کالہِ کیا اوس اتھ علاقس ناو؟
3. مان سرِچ مذہبی اہمیت کیا چھےٚ؟
4. مِنہِ مرٕن ہِنٛدِس پناہ گاہس منٛز کم جاناوار چھِ رچھنہٕ یِوان؟

## 3. ''باوٕت'' چھُ سہ لِفظ یُس کُنہِ ناوٕ تکہ تہٕ اِشارٕ ناوٕ تکہ صِفت بیان کرِ مِثالے:

رٕژ کِتاب۔ ووزُل گُلاب۔ گاٹلی ژۆر۔ دیانتدار نفر۔ رٕژ۔ ووزُل۔ گاٹلی۔ دیانتدار

یِم سأری لِفظ چھِ باوٕتی۔

ووٚنی ژٲرِو یِمو لفظو منٛزٕ باوٕتی:

مأری موٚنٛد سر۔ بجہِ گاڑ۔ پُرسکوٗن جاے۔ گاٹلی۔ سدابہار گُلی۔ منحوٗس شکل۔

جان لڑکہٕ۔



## 4. نومن لفظن دِیو مُتضاد لفِظ

زِیٚوٗٹھ۔زیادٕ۔شوٗژ۔گٔہے۔دوٚہَس

## 5. خٲلی جایہِ بٔرِو

1. محل خانس............چھےٚ بیٚا کھ مندور
2. اکثر سأ لأنی چھِ دوہ ڈلہٕ وُنے............
3. عقیدت مند چھِ............گِنداں تہٕ.................کراں
4. مانٛ سَر چھُ اکھ............

(سر۔گٔو ان۔پوٗزا۔اتہِ نیران۔نکھے)





# کوٗکر چھُ وَنان

| | | | |
|---|---|---|---|
| نِپرِ داشد | واد | شَر | ناشاد |
| وٲلۍ وٲلۍ | کارسٲزی | خٲر | اللہ اکبر |

پھولان ییٚلہِ مالہِ دِلہِ مٔنٛز چھُم ژلان شَر
پران چھُس شوقہِ سان اللّٰہُ اکبر
دِیوِ لتھ غفلتس بیدار سپدِو
دپان لوٗکن بہ چھُس بیدار سپدِو
مےٚ ما چھُم کانٛہہ اکھاہ ناشاد کوٚرمُت
مےٚ ما چھُم شرٛاکہِ تل زانٛہہ واد کوٚرمُت



کران اعلان چھُس وٕلی وٕلی مےٚ مأرِو
گرٛھان کوربن بہٕ چھُس اِدٕ ؠتی وأرِیوٚ
بہٕ چھُس ہر وقتہٕ پُشران پان ذاتس
مٕرِس منٛز چھِم مےٚ تھاوان رأتی راتس
سنان چھا کاںٛہہ مےٚ کیا سپدان پانس
رٕنٛتھ رٕژ نعمتھاہ چھُس گُل جہانس
چھِ لُکھ عأشاہ کران میأنِس رتس پیٹھ
پٕرٛژھِس بروٚنٛہہ کُن یِوان چھُس بےٚ بتس پیٹھ
ہتا اِنسانہٕ مےٚ کوٚر چانہِ چانے
دٕنٛدن ہٕنٛز قٕدر زانٛن أڈجہِ میٛانے
خدایا رِکرٛھ چھِ چأنی کارسأزی
نوٚشن وأرِوی چھِ میٛانے ؠتی رأضی
گرٛھان افسر چھِ رأضی میٛانہِ ؠتی
تران ؠکتبن چھِ بأزی میٛانہِ ؠتی
یہِ نوٚکتاہ ڈاکٹر صأبو تہِ زوٚنُے
دوا دادبن چھُ آسان شوٚربہٕ میوٚنُے



وٕنے کیا ، خأر میوٚن واتان چھُ گَس گَس
کلُک خأراتھ بےٚ چھُس نیٚری داڈس
نِوان چھِم عشمقام تتہِ لول کاسان
مےٚ چھِم کھسنہٕ وأل عاشق ژراٛرٕ پراران
کران پرٛتھ کأنسہِ بے چھُس پردٕ عأبن
وٕیان چھُس پوٚر میاٚدِس پیٚر صأبن
بہمارن یام چھُس کلہٕ پیٹھٕ بہٕ پھیران
ادے چھُکھ پرون تصرُف دار نیران
وُچھان چھُس مأ لِکنہِ ژھایَن تتہٕ گرٛاین
نٕفس تھوومُت پتے چھُم نا خداین
خدا صأبس دوہے مِنت ہوان چھُس
پتھر پیٚمتی بہٕ کیٚشہہ پھل پھٕلی کھیوٚان چھُس

(ایوب صأبِر)



## زان:

ایوب صأبر چھِ مزاح گو شأعر۔ تمو چھےٚ شُربن ہنٛدِ خأطرٕ واریاہ نظمہٕ لیچھمٕژ۔ شُربن ہنٛد باپتھ چھےٚ تہنٛز "شُرِل" تہٕ "تارکھ ٹب" شعرٕ سۆمبرنہٕ شایع گمٕژ۔ ایوب صأبر چھِ کولگام تحصیلِکِس بُگام گامس منٛز زامتۍ۔ تم اۄسۍ تعلیمہٕ ہندِس محکمس منٛز ووستاد۔ ایوب صأبر چھِ وونۍ سری نگرٕ روزان۔ تم چھِ رٕتۍ شأعر۔ کأشرِ زبأنۍ ہٕندٮ۪ن مزاح نگار شأعرن منٛز چھِ شریف الدین پرواز، ستیٛہ دساأنی، امکار ناتھ شبنم، مکھن لال محو تہٕ خضر مغربی بیترٕ تہٕ قابلِ ذکر۔

"کوٗر"، نظم چھےٚ ایوب صأبرٕ سنٛز اکھ زٕٹھ مزاحیہ نظم۔ یہِ نظم چھےٚ اسناوان تہِ تہٕ سونچناوان تہِ۔

## مشق:

### 1. لفظ تہٕ معنیٰ

| لفظ | معنیٰ |
|---|---|
| مالہٕ پھولنہٕ | گاش پھولُن۔ سُلہ صُبحأے۔ |
| لتھ دِنۍ | دأرِتھ دِیُن۔ ترأوِتھ ژھنُن |
| نوکتہٕ | أوِج کتھ۔ زأوِ جار |
| نیرِ داند | داند یُس نیرس منٛز آسہ |



واد　　　　　　　　نکار۔ بُتھ پھرُن

اللّٰہُ اکبر　　　　　　　　خُدا اچھُ بۄڈ

## 2. جواب لیکھِو

1. سُلہِ صُبحاے کیا چھُ کوکُر لوٗکن ونان؟
2. کوکُر کتھِ پاٹھی چھُ گرٕ ھان کوربن وأرِ وۍستی؟
3. کوکُر کیا زِ چھُ مأ لکِنہِ ژھاین تہٕ گراین وُچھان؟

## 3. نظم پرٕتھ لیکھو یمن لفظن منٛز زِ کوکُر کیا چھُ ونان

## 4. یمن مصرعن کٔرِو وضاحت

1. نوشن وأروی چھِ میانے ستی رأضی
2. کلُک خأراتھ بے چھُس نیری دانٛدس
3. اوے چھُکھ پرٕ ون تصرُف دار نیران
4. نِو ان چھِم عشق مقام تہٕ لول کاسان



# ماۨنچھ تُلر

| | | | |
|---|---|---|---|
| آیتن تھاوُن | وکھٕر وکھٕر | کنہِ کھرٛ پَن | ٚبہہ وال |
| ہورِٕ سَر | گوگُر | غلط فہمی | سٔژ |

ماۨنچھ تُلرِ چھےٚ ماۨنچھُک آگُر ۔ یِمہٕ چھےٚ وکھٕر وکھٕر پوشوَ تہٕ پھُلیہِ نِشہِ ویوٗر حاصِل کٔرِتھ ماۨنچھ تیار کران ۔ ماۨنچھ چھُ یِہنٛد غذا ۔ یِمن چھُ ہُریمانہٕ ماۨنچھ تیار پیوان کرُن ۔ یوٗ ہے ہُریمانہٕ ماۨنچھ چھُ اِنسان یِمن تھپہٕ رِتھ پننہٕ نِس مصرفس لاگان ۔ تُلرِ چھےٚ یکہٕ وٹہٕ روزان ۔ یِہنٛدِس أکِس أکِس گنس چھِ تیکنیکی زبانۍ منٛز کولوٗنی (Colony) ونان ۔ یأغی ماۨنچھ گن چھِ گُلۍ گوگرٕ بن ، کنہِ کھرٛ پبن تہٕ بٔبیٖن جاین روزان ۔ گوڈٕ گوڈٕ کوٗر اِنسانن یِمن ربہِ توٚنبُر ، ہچو تہٕ کانِو پیٹھِ آیتَن تھاوِتھ وولہٕ وولہٕ ۔ یِتھِ قسِمکو گنٛو منٛزٕ ماۨنچھ



کڈنک طریقہٕ اوسنہٕ ساینسی ئلۍ کہ یہ ڈٲپۍ زِتہٕ وحشیانہٕ عمل، تکیازِ مانٛچھ فرٕ(Combs) ٲسۍ ہوٚ ردِ سرژٹنہٕ یِوان ۔ اِد اوس یموٚ منٛزٕ مانٛچھ کڈنہٕ یِوان ۔ فربناونس چھےٚ تٕلرٕ بن سبٹھاہ محنت لگان تہٕ اتھ دوران چھُ یمن دوہ دِشہِ کھوتہٕ زیادٕ مانٛچھ پھوان کھیٚون ۔ تٕلرٕ ساینسی طٲریقس پیٹھ رچھنُک سٕنز کوٚرگوڈٕ لینگسٹراٹھ(Langstroth)ناٖوی ٲکی مأہرن ۔ تٔمۍ وُچھ زِ تٕلرٕ چھےٚ دون فرن درمیان اکھ خاص جاے تراوان، یتھ تٔمۍ فرٕ ژھٮ۪ن (Bee Space ) ناوکوٚر ۔ 1851ء منٛز کوٚر تٔمۍ لینگسٹراٹھ ہایِو (Langstroth Hive) تیار ۔ یتھ منٛز فرٕ چھُ بن چوکاٹن پیٹھ بناونہٕ چھُ یِوان، یتھ کٕنۍ چھِ یِم چوکاٹ(Frame)نبرٕ تہٕ یِوان کڈنہٕ تہٕ بدلاونہٕ تہٕ یِوان ۔ مانٛچھ کڈنہٕ وِزِ چھُ فریمس بہٕ ئستی تژر یِوان دِنہٕ ۔ مومہٕ سیلہٕ (Wax Seals) چھےٚ کُملان تہٕ مانٛچھ چھُ سلو منٛزٕ نبرٕ نیران ۔ خٲلی فریم چھِ بییہٕ ہایِوس (Hive) منٛز برنہٕ یِوان ۔ یتھ کٕنۍ چھےٚ تٕلرٕ ہُریمانہٕ میجنہٕ تہٕ مانٛچھ کہ خسارٕ نشہِ بچان ۔

## مانٛچھ گنٛکۍ بٲژ:

ٲکِس مانٛچھ گنٛس منٛز چھےٚ ترٛیہٕ قسمچہٕ تٕلرٕ آسان ۔ وکھرٕ وکھرٕ تٕلرٕ بن چھےٚ وکھرٕ وکھرٕ کٲم ۔ ترٛیشہِ وے قسم چھِ اکِہ کالونی خٲطرٕ ضروری ۔

## 1. رٲنۍ:

عام پٲٹھۍ چھےٚ ٲکِس گنٛس منٛز اکھ رٲنۍ آسان ۔ یہ چھےٚ ٹھوٚل تراوَن واجینٛز وٲحِد مادٕ تٕلرٕ ۔ اہنٛدِ وے ٹھوٚلو منٛزٕ چھِ ترٛیشہِ وٕنۍ قسمَن ہٕنزٕ تٕلرٕ نیران ۔ انگریزٕیَس منٛز چھِ ٲمِس (Queen)تہٕ کٲشرِ پٲٹھۍ ”رانے“ یعنی رٲنۍ ونان ۔ یہ چھےٚ اکھ غلط فہمی زِ رٲنۍ چھےٚ کالنی ہٕنٛز



حکومت کران ئلۍ کہِ چھےٚ کتھ یہِ زِ رأنؠ چھے کالونی ہنٛز موج ۔ راے وُنن چھُ غأر سائینسی تِکیازِ یہِ چھےٚ ماذِ آسان ۔ رأنؠ چھےٚ باقٕے تُلر بو کھوتہٕ بٔڈ آسان ۔ أمؠ سُنٛد سینہٕ چھُ کارکُن تُلرِ (Worker Bee) ہُنٛدِ کھوتہٕ بوٚڈ آسان مگر بہوال تُلر (Drone) کھوتہٕ لوٚکُٹ ۔ رأنؠ چھنہٕ اِنسانس یا کأنٛسہِ حیوانس ٹوپھ دِوان ۔، یوٚدوے أمِس ٹوپہِ کونٛڈ (Sting) تہِ آسان چھُ ۔ تَس چھِنہٕ پیٖری زأن (Pollen Basket) تہٕ کأم کرٕوٕنؠ موم گلینٛڈ (Wax Gland) آسان تِکیازِ تس چھنہٕ یِمن تانن ہنٛز ضروٗرت پیوان ۔ رأنؠ چھےٚ پنٕنہِ زندگی منٛز اکہِ لٹہِ گنہٕ منٛزٕ نبر نیران ۔ اتھ چھِ ونان نتھر وُڈٕو (Nuptial Flight) ۔ أمِس چھِ امہِ دوٚہ گنٛکۍ ڈرٛون یاں زِ بہوال تُلر پتہٕ لاران، یِمو منٛز اکُے ڈرٛون رانہِ سٟتؠ میٟل کرنس منٛز کامیاب چھُ گژھان ۔ یہِ اکھ ڈرٛون چھُ امی ساتہٕ مران، رأنؠ چھےٚ گنٛس منٛز دویہِ قسمہٕ ٹھوٗل تراوان ۔

بأجرأوی مٕتؠ ٹھوٗل Furtilized تہٕ نہٕ بأجرأوی مٕتؠ ٹھوٗل (Unfurtilized Eggs) ۔ بأجرأوی متوٕ ٹھوٗلو منٛزٕ یِم فریم کبن شہ کوٗنجل خانن منٛز تراونہٕ یِن، چھےٚ کارکُن تُلرِ نیران ۔ کارکُن تُلر بن ہُنٛد تولیدی نِظام چھُ دٔبتھ آسان ۔ یُس رانہِ ہنٛزِ حیأتی منٛز ٹھوٗل تراونس قأبِل چھُنہٕ سپدِتھ ہبکان ۔ رأنؠ چھےٚ تِمو بأجرأوی متوٕ ٹھوٗلو منٛزٕ نیران یِم فریمن تلہٕ کنہِ اویزان رانہِ خانن منٛز Queen Cell تراونہٕ آمٕتؠ آسن ۔ اکھ رأنؠ ہیکہِ دوٚہس پنداہ شتھ پٮ۪ٹھٕ زِ ساس تام ٹھوٗل ترأوِتھ ۔ یوٚدوے أمؠ سنٛز وأنٛس تر۪ٛیہِ پٮ۪ٹھٕ پانٛژھ وٕری ہیکہِ آسِتھ مگر وُہری دوٚیہِ وُہری چھےٚ یہِ بأجرأوی مٕتؠ ٹھوٗل کم تعدادس منٛز تراوٕنؠ ہیوان ۔ اِمو کھٕ چھےٚ یہِ رأنؠ نوِ رانہِ سٟتؠ بدلاونہٕ یِوان ۔ نہٕ بأج ٹھوٗلو منٛزٕ چھِ صرِف بہوال نر تُلر نیران ۔



## 2. کارٕگن یا کامہِ تُلر:

یَم چھےٚ بےٚ پھل ماد ِ۔ گنہٕ چہِ سارے کامہِ چھےٚ یَہے تُلرأٔنز راوان ۔ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ آبأدی چھےٚ یِہنزے آسان ۔ أکِس گنٛس منٛز چھےٚ اکھ رأنی ، ترٛیےٚ پیٹھہٕ پانٛژھ ساس کارٕگن تہٕ زٕ ژور ہِہہ وال یاں زِڈژون آسان ۔ رأنی چھےٚ گرٕم موسمس منٛز ٹھۄل تراوان روزان ۔ کامہِ کالس منٛز چھےٚ أکِس کارٕگن تُلرِ ہنٛز وأنٛس ستھ ہفتہٕ ۔ یِمہٕ چھےٚ گوڈنِکی ترٛے ہفتہٕ گنٛس اندر تہٕ باقیٕ ژور ہفتہٕ نبرٕ کأم کران ۔ سلہٕ صاف کرنہِ ، لاروا کھیاوٕنی ، ہایوٕچ صفأیی کرٕنی ، موم تراوُن ، فر بناوٕنی ، مانٛچھ منٛز ہُر یمانہٕ آب ہوٚکھناوُن ، گنٛج رأچھ کرٕنی ، گن ہوادار بناوُن ، چھےٚ تِمہٕ کامہِ یِمہِ کارٕگن تُلرِ گوڈنکین اکوٚہن دوہن انٛز راوان چھےٚ ۔ دون ترٛین ہفتن ہنٛزِ وأنٛسہِ منٛز چھےٚ کارٕگن تُلرِ نبر نیران تہٕ پوٚر ، نبکٹر ، آب تہٕ تُلرِ مایہِ انان ۔ کارٕگن چھِ ٹوپھ دِوان ، ٹوپھ دِنہٕ وِزِ چھکھ زہر گوژٕ روٗسی پیوان ، امہِ پتہٕ کیٚہے کألی چھےٚ مران ، یوٚرانہٕ خأطرٕ چھےٚ کارٕگن تُلرن ''پیرِ ژأن'' آسان تہٕ موم بناونہٕ خأطرٕ چھُکھ موم گلینڈ آسان ۔

### وأنٛسہِ حسابہٕ کارٕگن تُلرن ہنٛز کأم:

| وأنٛس | کأم |
| --- | --- |
| اَکہِ پیٹھہٕ 3 دوہ | خانن ہنٛز صفأیی تہٕ پألش کرٕنی |
| 3 پیٹھہٕ 6 دوہ | زِٹھی لاروا پیتراوٕنی |
| 6 پیٹھہٕ 10 دوہ | لوٚکٹٕ لاروا پیتراوٕنی |



| | |
|---|---|
| 8 پٮ۪ٹھ 12 دوہ | رٲنۍ کھیٚاوٕنۍ چیاوٕنۍ |
| 11 پٮ۪ٹھ 18 دوہ | ہایُو صاف کرُن |
| 10 پٮ۪ٹھ 20 دوہ | موم تراوُن تہٕ فر بناوٕنۍ |
| 18 پٮ۪ٹھ 20 دوہ | ہایوٕ چ رٲچھ راوٹھ کرٕنۍ |
| 21 پٮ۪ٹھ مرنس تام | یوٗر، نںٕکتر، آب تہٕ تُلرِ مایہِ سارُن |

## 3. بہوال یانز تُلرِ:

یم چھِ تموٗ ٹھوٗلو پٮ۪ٹھ پٲدٕ گژھان یم نہٕ بٲجراوُنۍ چھِ آسان۔ یم چھِ رانہِ ہنٛدِ کھوتہٕ ژھوٹۍ مگر کارکُن تُلرٕ بن ہنٛدٕ کھوتہٕ زیٛٹھۍ آسان۔ یم چھِنہٕ کانٛہہ کٲم کران بلکہ باقٕے تُلرٕ بن ہنٛدٕ کھوتہٕ زیادٕ کھیٚوان۔ خوراکچ کمی گژھنہٕ کِس صورتس منٛز چھِ یم گنہٕ منٛزٕ نبر کڈنہٕ یِوان تہٕ نبرٕ کنہِ چھِ کیٛشُن گٲٹٕنے منٛز بوچھِ بوچھ کران مران۔ بہوال تُلرٕ بن چھنہٕ ووپرگنٛس منٛز گژھنس کانٛہہ پابنٛدی۔ یِتھ گنٛس بہوال تُلرِ ختم آسن گمٕژ تتھ ہیٚکن بیٚیہِ گنہٕ چھِ بہوال تُلرِ دِنہٕ یِتھ۔ اگر رٲنۍ یا کارکُن غٲر گنٛس منٛز اژِتس پٮ۪ٹھ چھُ حملہٕ یِوان کرنہٕ تہٕ موقس پٮ۪ٹھ چھُ سُہ مارٕ سپدان۔ بہوال چھِ نر تہٕ یم چھِ یا یموٗ منٛزٕ کانٛہہ اکھاہ چھُ رانہٕ سٟتۍ جنسی مِیٚل کران تہٕ رٲنۍ چھےٚ ٹھوٗل تراوان، یِتھٕ پٲٹھۍ چھِ یم نر تمام تُلرٕ بن ہٕنٛدی مالی تہٕ رٲنۍ چھےٚ گٔنٛج موج۔ بہہ وال تہٕ یٔڈل آسِتھ تہِ چھُ اہُنٛد اکھ فٲیدٕ زِ یم چھِ گنٛس منٛز گرمی پٲدٕ کران۔



## ماںٛچھ تُلرِ ہٕنٛدی حیأتی مرحلہٕ:

پڑتھ کانٛہہ تُلر بامے سورأنۍ آسہِ، چھےٚ ٹھوٗلہِ منٛزٕ نیرِتھ مُہری شکلہِ آسان۔ اہنٛدِس اتھ روٗپس چھِ ونان گوڑ روپ (Larva) ٹھوٗلہٕ منٛزٕ نیروٗن چھُ لاروالو یِکٹ آسان، پتہٕ چھُ کھیٚو کران تہٕ بڈان۔ پانٛژن دوہن تام چھِ کارُکن تُلرِ أمِس پیٚتر اوان تہٕ اِدٕ چھُ لاروا شونگ تراوان۔ امہِ برونٛہہ چھِ یم پانس انٛدی انٛدی گوٚژِ ییران تہٕ سیٚلہِ ہٕنٛدِس نیبرِمس انٛدس کُن کلہِ تھوان ۔ کامہِ تُلرِ چھےٚ منٛز روپس (Puda) پیٚٹھ سیٖل (Seal) کران۔ أٹھِ پیٚٹھِ پنٛدٕہن دوہن تام اتھ مرحلس منٛز روٗزِتھ چھےٚ بُڈٕ تُلر سیٚلہِ منٛزٕ نیران۔

**فاروق بخاری**

## زان:

حیاتِیات (Biology) چھےٚ فطری سائنٛسچ سُو لنٛڈ یوسہٕ زوٗ زأژن ہُنٛد زیون، نوٗن، پرٕتھُن تہٕ پوٚھُن ویژھناوان چھےٚ ۔ اتھ منٛز چھُ زوٗ زأژن ہٕنٛدِس کھنٛبس چنٛس تہٕ جسمٕکِس بناوُٹس کیٚو کامہِ کارس متلق تہِ بحث سپدان۔ ماںٛچھ تُلرٕ ہن متعلق یہ مضمون چھُ خألِص سائنٛسی، اتھ منٛز چھنہٕ ماںٛچھکی فأیِد وٕکھناونہٕ آمٕتی ، بلکہ سائنٛسی حِسابہٕ ماںٛچھ تُلرٕ ہن ہُنٛد زیون، پرٕتھُن ، پوٚھُن ، مرُن ، کأم کار بیترِ ویژھناونہٕ آمُت ۔ توٚہیہِ چھُ سُتی مہِ



جمأژ منز پأٹھ کیٚمس متلق تہٕ تِتھے اکھ مضمون پٔر رمُت ، دوٕ نہٕ وے مضمون لیکھن وول چھُ فاروق بخاری ۔ تُمۍ چھِ حیاتیاتس تہٕ گُلبن کُٹھن متلق واراہ مضمون لیٚکھمٕتۍ ۔ ''حیاتیات'' چھےٚ تسند بن کیٛژن یتھِ نے مضمونن ہنٛز سومبرن ۔

# مشق :

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
|---|---|
| توٗنبرٕ | توٗمبر ، میٚزٕ یا لکرِ ہُنٛد بنومُت گول کھو کھُر گرٕ یتھ منٛز مانٛچھ ٹُلرِ روزان چھےٚ |
| تولیدی نظام | زایِن لبنٛک نِظام Reproductive system |
| پیری زأن | سُہ عضوٗ یتھ منٛز ٹُلرِ مانٛچھ سومبراوان چھےٚ ۔ |
| یٔڈل | کھبے تہٕ کھبے کرن وول ، زیادٕ کھینہٕ وول |
| نیکٹر | گُلی مانٛچھ Nectar |
| راے | راز ، پادشاہ |
| بأجرأوۍ متۍ | یَمن منٛز بچہٕ پأدٕ کرنُک طاقت آسہِ ۔ Fertilized |



## 2. جواب لیکھو

1. لنگسٹر اٹھ ہایو کتھ کنی چھُ یوان بناونہٕ؟
2. رأنی چھا گنج راے کنہٕ موج؟
3. مانچھ تُلر بن کُس چھُ مول؟
4. کارکُن تُلرِ کمہِ وأنسہِ پیٹھ چھےٚ ہوان وِیوٗ رسومبراوُن؟
5. کارکُن تُلرِ کمہٕ کامہٕ چھےٚ کران؟
6. بیہہ وال تُلرِ کیا زِچھےٚ باضے گنہٕ مٔنز کڈتھ یوان ژھنٕنہٕ؟
7. ماچھ تُلر بن ہُند کیاہ فأیِد چھُ انسانس؟

## 3. خأ لی جایہِ بٔرو

1. اکہِ پیٹھِ تربن دوہن تام چھِ وأنسہِ ہٕنٛزِ تُلرِ چھےٚ ........................
2. ترِیےٚ پیٹھِ ........................ تُلرِ چھےٚ زٕھی لاروا رچھان
3. شیےٚ پیٹھِ ........................ تام چھِ وأنسہِ ہٕنٛزِ تُلرِ چھےٚ ........................ رچھان
4. أٹھِ پیٹھِ باہن دوہن تام چھِ ........................ تُلرِ چھےٚ ........................ کھیٚاوان چاوان
5. کہہٕ پیٹھِ ارداہ دوہن تام چھِ وأنسہِ ہٕنٛزِ تُلرِ چھےٚ ........................ صاف کران۔
6. ارداہ پیٹھ وُہ دوہ تام چھِ وأنسہِ ہٕنٛزِ تُلرِ چھےٚ ہایِو چ ........................

(رأچھ راوٹھ ، لوکٕٹ لاروا رچھان ، رأنی ، ہایوٗ ، خانن صفأیی کران ، داہ ، وأنسہِ ہٕنٛزِ ، شیےٚ دوہ تام چھِ وأنسہِ ہٕنٛزِ)



**4. بوٚنہٕ کنہٕ دِنہٕ آمژن ٹُکر بن متعلق لیکھو ژور ژور جُملہٕ:**

1. کارکُن ٹُکر 2. رأنی 3. بہہ وال ٹِکر

**5. وأحِد ناوٕ تس مقابلہٕ لیکھو جمع ناوٕت**

مثال1.: سیر سیرِ

کوٗر کورِ

ٹُکر، کانگر ،پٹر ،گوبِج ،زِتنہِ ، لیٛج ، ژُر ،گُر ،نُر ،أنی ،لٹ

مثال 2.: زنگ زنگہٕ

کِتاب کِتابہٕ

ال ،ٹھوٗل ، ڈلیل ،ژادر ،دوس ،پھیٛژ ،کینز ،ٹوپھ

مثال 3.: گُل گُلی

شُر شُری

گُر ،زُر ، زوٗر ،ٹونگُر ،ووڈُر ،بگُر

مثال 4.: ووٗٹ وٕٹی

ژونگ ژأنگی

نوٹ: ہوٗٹ ،موٗت ، پوٗژھ ،کیوٗم ،کھونڈ،پوٗد

**6. کراوتین ہُنْد استعمال چھُ ترٛبن کالن منٛز سپدان ،کال گوو وِقت ،زمانہٕ**

مثالے: 1. اوترِاوس منٛزوٗرو جلوس کوٗ ڈُمت



2. سُہ اوس پرُس دِلہٕ گوٗمُت

3. مےٚ کھیٚو راتھ صُبحس ہٕری ہہ۔

4. اکرم صائبن پرنأوی أسی أدی نوٚ وسبق

ہیٚری مین جُملن منٛز چھُ" اوس ،کھیٚو ،پرنأوی ، کراوِتی ،پتھ کالچ عمل ہاوان۔امیُک مطلب گوٚ واتہِ چھُ کأم کرنٕک تعلق گُذریمتس وقتس سٍتی۔گرامر حِسابہٕ گوٚ ویہِ پتھ کال (Past tense)

1. شُری چھِ پران سبق۔2. أسی چھِ کھوٚ ان بتہٕ۔3. از چھُ پیوان روٗد۔

4. پانٛپر چھُ کوٗنگہٕ باپتھ مشہوٗر۔5. میٚون مول چھُ پرناوان۔

ہیٚری مین جملن منٛز ؤچھو زِ کأم چھےٚ وُنی کینٛہہٕ ہے سپدان۔گرامرس منٛز چھِ اتھ"ازکال" ونان۔یتھ جُملس منٛز کراوتچ حرکت موجوٗد زمانہٕ ہاوان آسہِ تتھ چھِ "ازکال" ونان۔

ییٚلہِ کراوتچ حرکت یِنہٕ وألِس زمانس بیان آسہِ کران ،تتھ چھِ" یِنہٕ وول کال" ونان۔مثلن:

1. پگاہ آسہِ تاپھ۔2. مامہٕ ٹوٗٹھ واتہِ نوٕ ہفتہٕ۔3. سونتہٕ کألی پھولن پوش۔

یِمو جُملو منٛز ژأرِو پتھ کال Past Tense ،ازکال Present Tense تہٕ یِنہٕ وول کال Future Tense:-

1. سُہ ییہِ کألی کینتھ۔2. أسی گژھو پگاہ پہلگام۔3. اوترِ اوس سخ گرم۔4. مےٚ کوٚر بأتھ یاد۔5. بہٕ چھُس وارِسگ دِوان۔6. ٹأٹھی صأب اوس نماز پران۔7. سو چھےٚ



کأشُر بولان ۔8.پرُس اوس سأئنِس سکوٗلس منٛز سایِنٛس ماکہِ لاگنہٕ آمُت ۔9.لوٗکھ چھِ عیدگاہ کُن پکان ۔10. تموٗلوٗن دانہِ

**7. یِم ناوتی کرِیوٗکھ جُملن منٛز استعمال یِتھ پٲٹھۍ زِ یِم چھا نر صوٗرتس منٛز استعمال سپدان کِنہٕ مادٕ صورتس منٛز**

تٕلر ،کارُن ،ٹھوٗل ،آگُر ،مانٛچھ ،گرمی ،گن ، کھوٗیوٗر ،آب



# نَستہٕ پھُچ

| | | |
|---|---|---|
| کأفل | ہأل | ژھ |
| بیہہ وال | فی | پھژاٹھ |
| تھپہٕ تھارِ | پرُن | |

یَم أسی بارٕنی جوراہ۔ أکِس اوس ناوجبہٕ تہٕ بیٚیِس نبہٕ، نبہٕ اوس سبدٕ ہوٚل تہٕ کأفل۔ سُہ اوس اجی مینگہِ ٹوٗپۍ تھوان۔ جبہٕ اوس زیٖرک تہٕ جلکھن وول۔ گرس منٛز اوسُکھ دوہے دٔند وَزُن آسان۔ نبہٕ اوس نہٕ جلنۍ کانٛہہ کتھے مانان۔ أخر پیٛو کھ بیوٚن بیوٚن نیرُن۔ جبہٕ لوٚگ رِتی پأٹھی گرٕکرنہِ اماپوٚ زنبَس ووٚل شِکسن نال۔ ییٚلہِ وُٹھن متھُن سنٛمب انمہٕ تہٕ بٹیوس نہٕ تہٕ گووأ کِس خوجس نِش۔ دوٚ پنَس خوجہ صأب شوٗٹھ رٔٹھتَن طلبَس۔ خدمتھاہ کرہے۔ خوجن دوٚ پُس مےٚ چھُ موہنیٚو ضوٚ روٗ رتھ مگر مےٚ گژھِ سُہ موہنیٚو آسُن تیٚمِس نہٕ زانٛہہ ژھ کھسہِ۔ ییٚمہِ ساتہٕ ژھ کھسیٚس تمہِ ساتہٕ ژلُس بہٕ نَس۔ نبَن دوٚ پُس، مےٚ

حضٕ چھُ یہِ شرط منظور۔ خوجن کوٚرُس طلب مقرر تہٕ بیوٚٹھ نبہٕ موٚ ہنوی گری کرنہِ۔

پگاہ دژاو نبہٕ دانٛد جوٗریاہ ہتھ زمین والینہِ۔ شامن آو تھٔکتھ ژھینٛتھ تہٕ تژٔ اٖون لر۔ بچارس ہاٗل ماٗ اٖسس۔ ژ کہِ اوس نابیٛہہ وال۔ اوٚسہٕ اوٚسس انگ انگ دوکان۔ پگاہ ییٚلہِ دانٛد ہتھ ییٛہ دژاو خوجن دوٚپُس، شامن اٗنی زِ کھبن چھبن تہٕ زالُن تورٕ۔ نبہٕ آو شامن ژھرِ وے اتھو واپَس۔ خوجن ووٚنُس، کھبن چھبن تہٕ زالُن اونتھا نبن ووٚنُس اہن حضٕ تہٕ خوجہ صاٗب دانٛد وایان وایان کتہِ انہِ ہا یہٕ یم چیز۔ ژُکس ظلماہ چھکھ یہِ کران۔

خوجہ: گوو نا ژےٚ کھٗو ے ژکھ!

نبہٕ: یہِ چھُ ژکھِ لایقے۔ آٖخر انصاف تہٕ چھا کانٛہہ چیز اہ۔ نبن ووٚنُس۔

خوجہِ: گو وژےٚ موٗنتھ زِ ژےٚ کھٗو ے ژکھ یہِ ونان ونأنی ووٚتھ تھوٚ دتہٕ ژٕ ٹن نبس نَس۔ بچاٗرِس نبس روز بُتھس پیٹھ صرف نستہٕ پھُھج۔

نبہٕ ووت ودان ودان گرٕ۔ حبَن ییٚلہِ تسُنٛد یہِ حالِ بد بوٗز تہٕ دژاو خوجس اِنتقام ہیٚنہِ۔ خوجس کوٚرُن نہٕ شکھے زِ شوٗٹھ چھُ نبس بوے۔ خوجن روٗٹ ووٗنی حبہٕ طلبس تہٕ شرط روٗدی زِ دوہس کاٗم کرتھ شامَن کھبن چھبن تہٕ زالُن انُن۔ ییٛہ اگر جس ژکھ کھسہِ تس تہِ ییہِ نَس ژٹنہٕ۔

حبن وون خوجس، خوجہ صاٗب مےٚ حضٕ چھُ تتھے فی رژھاہ اکھ۔ شامن آسہٕ یہٕ کھبن چھبن تہٕ زالُن انان مگر اسہِ دوٚیومنٛز ییٚمِس اَکِس ژکھ کھسہِ تمِس ژٹونس۔ مےٚ کھسہِ تہٕ ژٕ ژٹی زبم نَس، ژےٚ کھسی تہٕ یہٕ ژٹےٚ نَس۔ خوجن مانیو ونہٕ گوڈ مگرآخر موٗنُن یہِ سوٗچتھ زِ یہٕ ژٹہٕ اَمِس گوٚڈنیکےٚ دوہ نَس تہٕ مےٚ کیا نوقصان چھُ۔



پگاہ ییلہِ حبہٕ داند ہیتھ کھہس کُن دزاو۔ خوجن دوٚپُس مےٚ چھہِ تیر زِ پانژھ، یم تہٕ ژتکھ اوٗ ری۔ داند تہٕ وایگھ تہٕ تیرن تہٕ دِکھ نظرا انظرا۔ حبن دِتی پھرٛ اٹھ پوٗنشہِ تہٕ کوٚ ڈُن تھکھاہ۔ پتہٕ گووتہٕ موٗرن کٹھاہ اکھ، البأنی پھٹرٛ اٗون تہٕ کرٕن زِنی گیڈا تیار۔ بانس أکس منٛز تُلن آیہ سیراتہٕ دژاووا پَس۔

خوجہِ: اونتھ ژےٚ کھبن چبن تہٕ زالُن۔

حبہٕ: اہن حض۔ کٹھاونمے مأرتھ، البأنی أنی مےٚ پھٹرٛ اٗوتھ تہٕ آب اوٚنمے کولہِ ہُند۔

خوجن ووٚنُس دندس تل اونٛگج ترا ٗوِتھ۔ بڑٕ عجیب مہنیو اچھکھ ژٕ

حبہٕ :(خوجہٕسنٛز کتھ ژٹتھ) گوومیأنس کارس پیٹھ کھٕژِ ے ژےٚ ژکھ

نہٕ نہٕ، ژکھ کھٕژِم نہٕ مگر تِتھو کاروٗستی ہےمےٚ گرےوأران گژھِ،خوجن ووٚنُس۔

حبن ووٚنُس اسان اسان۔ نہٕ حض، مےٚ دوٚپ ژےٚ ما کھٕژِ ے ژکھ گرٕ بجا تھاوُن گیہِ میأنی کأم۔

حبہٕ لوٚگ ووٛنی خوجس پوٚرٕ پأٹھی پتہٕ۔ گراہ لوٚگ پرُن پڑاٹنہِ، گراہیٚتِن بانہٕ پھٹرٛ اوِنی۔ شوٗنگنہٕ وِزِلوٚگ کأم کرنہ تہٕ کامہِ وِزِشوٗنگنہِ۔ خوجہِ اوس زورَے جگرٕ کرٕتھ۔ پرٛتھ وِزِ اوس حبس دپان، مےٚ چھنہٕ ژکھ کھسان۔ اکہِ دوہ دِیُت دستار پلہٕ ناوان پلہٕ ناوان حبَن خوجس ترُک۔ خوجس آو جانِ منٛس پیٹھ تہٕ دوٚپنس۔ ژٕ چھکھ نہٕ پنہٕ نبن جامن منٛز۔ بلاےچھَے کھورن تل وأ ژمژ۔

اہن حض تہٕ مےٚ کیا زن کوٚرگوٚ وژےٚ کھٕژِے ژکھ۔ حبن ووٚنُس درجواب۔



نہ َنہ َژکھ کھٔژِم نہٕ مگر ژٕ چھُکھ کران تہٕ تتھی لایق خوجن وۄنُس۔
گۄ وناژےٚ چھےٚ ژکھ کھٔژٕمژ۔ حبن وۄنُس
خوجہِ اوس وُنہِ جواب سونچأنی زِجہِ گۄ ویاشاہ گرِتھ تھوٚدٕ ؤتھتھ۔ چنٛدٕ منٛز کۄ ڈُن کھۄرتہٕ تھپہٕ تھارِنینٛس نَس ژٕٹتھ۔ خوجس رۄزتھس پیٹھ نستہ پھیچِ تہٕ بَس۔

## زان:

''پھُپھِج'' چھےٚ اکھ لُکہٕ کتھ، لُکہٕ کتھ چھنہٕ افسانکی پأٹھی کأنسہِ أکی انسانن بنأوِمژ آسان۔ کأنہہ اِنسان چھُ گوڈنیتھ کأنہہ لۄکُٹ بۄڈ واقعہٕ بیان کران، کأنہہ خیأ‌لی قصہٕ ونان۔ سُے چھُ اکہِ پُیہِ پیٹھہٕ بییٚس پُیہِ تام زبأنی زبأنی واتان روزان۔ ونن وألی چھِ اتھ ژٕٹہٕ واٹھ کران روزان تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھےٚ یہِ سارِنٕے لۄکن ہٕنٛز بنأوِمژ تہٕ ؤنِمژ کتھ بنان۔ لُکہٕ کتھن منٛز چھِ انسانن، چاروائن، جاناوارن، دیوٚن، جِنن، پٔری ین، تصرُف درَن تہٕ بالا فطری زُوذأژن متعلق قصہٕ تھٕرنہٕ آمتی آسان۔ عام لۄکن تہٕ طایفہٕ درن متعلق تہِ چھےٚ لُکہٕ کتھِ میلان۔ لُکہٕ کتھِ چھےٚ خیأ‌لی أسِتھ تہِ کُنہِ قومکی سیأسی، تواریخی، نفسیأتی تہٕ کُلہُم پأٹھی سمأجی حالات زانہٕ نس منٛز کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنٛگہٕ مدد کران۔ وونی چھےٚ لُکہٕ کتھِ سومبرأوِتھ لیکھنہٕ یوان۔ کأشرِ زبأنی منٛز چھےٚ شُرٕ بن ہنٛدِ باپتھ تہِ واریاہ لُکہٕ



کتھ موجوٗد۔ "پھُپھج" لُکہٕ کتھ پرٛتھ چھُ پرٛون گامی ماحول أچھن تل یِوان۔ یِیٚتہٕ ہنگد ارغریب گریستِس ظُلم أسی کران۔ نبس ہتی خوجہِ سُند ورتاو وُچھِتھ چھےٚ خوجس خلاف نفرت ووتلان تہٕ ژکھ کھسان۔ نبہٕ نہِ بےٚبسی پیٹھ چھُ عار یِوان۔ حبہٕ نہِ چالاٗکی ہتی چھےٚ خوشی محسوٗس سپدان۔ کُلہم پأٹھی چھےٚ یہِ لُکہٕ کتھ پرن وألِس اسناوان۔

## مشق:

### 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
|---|---|
| سدٕ ہوٚل | بظأہر شریف مگر کتھ مانس تہٕ فکرِ ترٛنس منز آسبس وَروٗڈھنہٕ |
| کأفل | چألی ہاون وول۔ اجی مینگہِ ٹوٗپی تھاوَن وول۔ |
| جکھن وول | محنتی۔ جفاکش |
| اَگ اَگ دوکُن | بدٕنکس پرٛتھ کُنہِ تانس دگ آسنہٕ |
| زالُن | زیُن تہٕ ژرشہِ بیترِ یم کھبن چبن تیار کرنہٕ خأطرٕ دانس منز زالنہٕ یِوان چھےٚ۔ |
| تھپہ تھارِ | باخبر۔ باخبرِ منز |
| بلاےٚ کھورن تل واتنہٕ | مصیبت نزدیکھ واتُن |
| پھرٛ اٹھ | البانہِ پھالہٕ ہتی زمین واپنچ زیٹھ رکھ |



| | |
|---|---|
| دٔنٛد وزُن | ہیٚتھے نیاے آسُن۔ جگرٕ گرٛژھُن |
| پُرٕن | سُہ زمینہٕ ژٕکُل یتھ پیٹھ مکانہٕ بناونہٕ یِوان چھُ |
| فی | شک |
| بہہ وال | کأم کارنہٕ کرن وول۔ یُمِس نہٕ کأم کرنٕچ ہأل آسہِ |
| ہأل | عادتھ |
| پھُچھِج | نستہِ ہُنٛد گوڈ۔ رژھ کھنٛڈ |

## 2. جواب لیکھِو

1. نبہٕ تہٕ حبہٕ کیازِ ژٕٹھی بیۆن بیۆن؟
2. خوجن کیا شرط تھٔو نبس؟
3. نبس کیازِ کھٔژ ژھکھ؟
4. خوجن کتھ شرطس پیٹھ روٗٹ حبہٕ طلبس؟
5. حبن کتھِ کٔنی کۆر کھبن، چبن تہٕ زالُن تیار؟
6. خوجس کیازِ کھٔژ ژھکھ؟

## 3. ''نستہٕ پھُچھِج'' ڈٔلیلہِ منٛز چھِ ترٛے کردار۔ نبہٕ حبہٕ تہٕ خوجہٕ۔ ترٛینٕہٕ وے چھِ اتھ منٛز پنٕنۍ پنٕنۍ کأم کران۔

1. توٚہہِ کٔمِس کردارٕ سٕنٛز کأم آیہِ زیادٕ پسنٛد؟



2. کٲمؠ سٕنزن کتھن پیٹھ کھٔژ ؤ توہہِ ژکھ؟
3. تُہؠ کٲمؠ سٕنزِ کامہِ پیٹھ گیہِ ؤ خوش؟
4. توہہِ کٲمؠ سٕنزِ کامہِ ستی آو اُسن؟

**4. ”پھُپھِج“ لُکہِ کتھ لیکھوٗن پننہٕ نبن لفظن منز**

**5. ماسٹر جیس پرٛزِھوٕیمن محاورن ہُنٛد مطلب تہٕ گٔریوٗکھ یم پننہٕ نبن جُملن منز استعمال**

اجی مینٛگہِ ٹوٗپۍ تھوٕنۍ ۔ دٔنٛد وَزُن ۔ گرِ کرُن ۔ وُٹھن متھُن سُنٛمب نہٕ انٕمہٕ بٹُن ۔ طلبس رٹُن ۔ دٔنٛدس تل اوٚنٛگجِ تراوٕنۍ ۔ گرِ بجاتھاوُن ۔ بلاے کھورن تل واتٕنۍ ۔





# یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ

| | | | |
|---|---|---|---|
| خانقاہ | پَربتھ | دُردانہٕ | درشن دأر |
| کوہ مالہٕ | مأری مٔنز | امربتھ | |

أندی أندی بال ووگنٕز تھزٕ کارِ
بنہٕ رٔژٕ رٔژٕ پتھ ون یارِ
سونہٕ ہِندی سنگر روپہٕ کوہ مالہٕ
کولہٕ رادن امربتھ نٔژٕ نارِ

یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ
یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ
مرگہٕ تہٕ بال چھِ پوشی پوش
یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ



سورگہٕ ہوا پراران انوارِ — تھوِ نا میٚتہٕ کانٛہہ سازس گوش
رنٛگہٕ ژٕرِ وِگنہِ تہٕ ونہٕ چے ہارِ — یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ
وتھ بٹھی بٹھی دژامژٕ اچھ دارِ — لاران تھوِ نا دے اسہِ گوش
خانقاہ پربتھ درشن دارِ — یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ
للہٕ وأکھن ستیٚ شُرکی دُر دانہٕ — ہیٚنٛدی تے مُسلمان ہم آغوش
اتھٕ واس رٕژھرِتھ پُتیٚ مےٚ پیارِ — یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ
وتھ مأری منٛز کھٕژ پرٛتھ أکِس ٹارِ — رازٕ تہٕ پادشاہ تھأوِتھ گوش
للتادت بیٚیہِ بڈشاہ گار — یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ

(''وتھستا'' اوپیرامنٛزٕ ـ دیناناتھ نأدم)

## زان:

دیناناتھ نادم زامے شیشیار سری نگر 1916 عیسوی منٛز۔ تم آسی تعلیمہٕ ہنٛدِس محکمس منٛز ووستاد پتہٕ بنیٚہِ سوشل ایجوکیشن محکمکی ڈایریکٹر۔ تم آسی کأشرِس ادبس منٛز ترقی پسنٛد تحریکہِ ہُنٛد بوٚ بأنی کارو منٛزٕ اکھ۔ تم چھِ اکھ مقبول کأشُر شأعِر تمو چھِ سیٹھاہ خوش یوٗنٛ بأتھ لیٖکھی متیٚ۔ تمو لیٖکھی غزل، نظم، سانیٹ، ڈراماتہٕ اوپیرا بیتر۔ ''وتھستا'' چھُ تِہنٛد مشہور اوپیرا امکی بأتھ گے سیٹھاہ مشہور۔ یتھ ریٚش وارِ وتھستا رأچھ چھُ امی اوپیرا ایک بأتھ۔ نادم سند بن بأتن ہنٛز شبیہہ کأری تہٕ لفظٕ ژأر چھےٚ شاندار۔ ''شِہلی کُل'' چھےٚ



تہنٛز شاعری ہنٛز سۄمبرن ۔ نادٕم سٕنٛز شاعری منٛز چھُ مِلہٕ ژارُک تہٕ اکھأ کِس پلزٕ نٛک سبق ۔ تِمو چھےٚ وِزِوِزِ کٔشیٖرِ ہنٛز خوبصوٗرتی بأو مٕژ ۔ دینا ناتھ نادٕم گٔیہِ 1988 عیسوی منٛز سورگواس ۔

## مشق :

### 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
|---|---|
| ریٚش وأر | ریٚشن ہنٛز روزن جاے، کٔشیٖر |
| وتستا | وِتھ، جہلم |
| امرٕتھ | لسن وونی آبِ حیات یُس چیٚتھ وننہٕ پأٹھی مران چھِنہٕ ۔ |
| للہٕ واکھ | اکھ کأشِر شعرِ ذاتھ لل دیٚدِ ہُنٛد کلام |
| شیخہٕ شرٛک | حضرت شیخ نورالدین ریشی سُند کلام |
| ہم آغوش | اکھأ کِس سٟتۍ سٟتۍ ۔ نکھہٕ نکھہٕ |
| وِگنہٕ | اکہِ قسمچ پٔری یمِس رٕژ شکل تہٕ مدٕر آواز چھےٚ آسان ۔ |
| اوپیرا | بأتن منٛز لیکھنہٕ آمُت نٲٹَک پأٹھر |
| اچھِ دأر | لوکہِ چن کورِ بن ہنُد گندن تماشہٕ گرُٛنی |
| سورٕگ | جنت ۔ فردوس |



| | |
|---|---|
| للتادت | کٲشِرِ ہُنٛد مشہوٗر رٲز (725ء۔753ء) |
| بڈشاہ | سُلطان زین العابدین (1425ء۔ 1470ء) یَس کٲشِری بوٚڈ شاہ یعنے بڈ شاہ وَنان چھِ۔ |
| سنگر | بال ، تھوٚد کوہ |
| سانٹ | انگریزی نظمن ہُنٛد اکھ قسم |

## 2. جواب لیکھو

1. ریٚش وارِ کیاہ چھُ أندی أندی؟
2. وبتستا کتھ چھےٚ رأچھ؟
3. کُس چھُ وبتھِ بٹھِ بٹھِ خانقاہَہ تہٕ پربتھ کُن پکان؟
4. اتھِ واس کمو چھُ رٕژھرو مُت؟
5. وبتھ کمن کمن رازن کھٔژ ٹارِ؟

## 3. خٲلی جایہِ پُرِو

| | |
|---|---|
| سورگہِ ہوا..............انوارِ | تھِو نامیٚتہٕ ...........سازس گوش |
| رنگہٕ ژرِ............تہٕ ونہٕ چے ہارِ | یتھ............وبتستا رأچھ |
| للہٕ واکھن ستی ...........دُردانہٕ | ہیٚنٛدی...............ہم آغوش |
| اتھِ واس رٕژھرِ تھ............... | یتھ ............... وبتستا رأچھ |

(پُتٕی مےٚ پیارِ۔ ریٚش وارِ۔ پراران۔ وِگنہٕ۔ کانٛہہ۔ تے مُسلمان، شُرکی)



## .4

شاعرن چھُ اکھ ویٚود ماحولِ ووتلوومُت ۔ یمن چیزن ہِنْدی ناوتہٕ صِفت اتھ نظمہِ منٛز موجوٗد چھِ، تم چھِ اسہِ أندی پٔکھی تم چھکھ أسی دوہے وُچھان ۔ اماپوٚ زاسہِ چھُنہٕ یمن ہِنْدِ بجرُک ظونے روزان ۔ شاعرٕ سُنْد فن چھُ یمن چیزن ہِنْدِ حسنُک تہٕ اہمیتُک زبردس احساس وُزناوان ۔

تمن چیزن ہُنْد اکھ فہرست بنأوِو یِم اتھ نظمہِ منٛز امہِ مقصدٕ خأطرٕ شأعرن ورتأوِمتۍ چھِ

## .5 یِم کتھٕ لیکھِو صحی ترتیبس منٛز تہٕ نظمہِ ہُنْد خُلاصہٕ کٔرِو تیار

1. سورگہٕ ہوا چھُ وارِ پراران 2. وٕتھٕ بُٹھی بُٹھی چھےٚ زنانہٕ خانقاہ تہٕ پرٕتھ کُن پکان 3. مرگن منٛز تہٕ بالن پێٹھ چھِ پوش پھوٚلی متۍ 4. بالہٕ تھونگبن چھُ زنتہٕ سونہٕ کھٕش کٔرتھ 5. کوہ مالن پێٹھ چھُ شین چانْدِ ہِنْدی پأٹھی پریٚزلان 6. ونن منٛز چھِ یاربو پٔنٛزی پٔنٛزی بنہٕ رٔٹی متۍ 7. ہیٚنْدی تہٕ مُسلمان چھِ یکہٕ وٹہٕ روزان 8. وٕتستا چھےٚ ریٚش وارِ رأچھ رٔوٗزِتھ 9. وٕتھ آیہ للتادتس تہٕ بڈشاہس تہٕ پسنْد 10. کولہٕ رادن منٛز چھُ امرٕتھ ۔

## .6 ویٚوھنٕے کٔرِو

| | |
|---|---|
| 1. للہٕ واکھن ہتۍ شُرکی دُردانہٕ | ہیٚنْدی تے مُسلمان ہم آغوش |
| اتھٕ واس رٔژھرِتھ تہٕ تۍ مےٚ پیارِ | یتھ ریٚش وارِ وٕتستا رأچھ |



2. وِتھ مأری ٲنز کھٔژ پرٕتھ أکِس ٹارِ — راز ٕتہٕ پادشاہ تھٲوِتھ گوٗش
للتادِت بیٚنہِ بڈ شاہ گارِ — یِتھ ریٚش وارِ وِتستا رٲچھ

## 7. یِمن عنوانن متعلق لیکھِو مضموٗن

1. میون گام
2. نِشاط باغ

## 8. یِمن لفظن چھےٚ ہِشی آواز

1. پوٗش، روٗش، ہوٗش
2. تارِ، نارِ، گارِ

امی گاچھِ لیٚکھو پانٛژھ پانٛژھ ہم آواز لفظ





# ہوٲئی جہاز

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| وُڑھ پٔرنگ | کنٛگُل | پھوکہٕ بال | ووٚٹہِ اَنُن | روخ پھِرُن |
| گیسولین | بامَل ہیُن | دِل دَرُن | جاٲدی بَستہٕ | |

اِنسان چھُ ضرورتکی سامانہٕ بناونہٕ خاطرٕ پرٛتھ زمانس منٛز عقل تہٕ وٕسیلہٕ کامہِ لاگان آمُت ۔ آدن کالہٕ پیٹھے اوس تٔمس جاناوارن ہٕنٛدی پأٹھی وُپھنُک شوق ووٚٹہِ انان ۔ سُہ اوس زیٛٹھِ زیوٚٹھ سفر کم وقتس منٛز پوٗرٕ کرُن یژھان ۔ وارِہہس کالس آس نہٕ یہِ شوق بامل تہٕ لأگِن خیألی وُڑھ پٔرنگ وُپھ ناوِنی ۔ یِمن منٛز زٕنتہٕ پانہٕ سفر کران اوس ۔ شوقس تسلی دِنہٕ کہِ امارٕ تھٔرِ انسانن تٔم لُکہٕ کتھہٕ یِمن منٛز پادشاہ، وزیر، عاشق یا درویش بیترِ وُڑھ پٔرنگن منٛز اورِ یورِ یوان گژھان أسی ۔ فوک لورس منٛز چھِ وُڑھ پٔرنگ یا جاٲدی



بستہٕ وُپھ وارٕ کہِ امارٕ کُے نتیجہ۔

اماپوٚ ز وقت گُذرنس سٟتۍ سٟتۍ اوس انسان خیالی دُنیاہ منٛز نیرتھ پزی تیُتھ کانٛہہ سامانہٕ بناوُن یژھان ، یُس أمۍ سُنٛد شوق تہٕ حاجتھ پوٗرٕ کرِتھ ہیکہِ ہے۔ وارِیاہ کوٗشِشس کٔرتھ بناو اِنسانن اکھ بٔڈ پھوٚکہٕ بال ۔ سہٕ أس بأنٛسہٕ کانٛہن ہُنٛد اکھ زِیوٗٹھ ٹھُیُپ ہیُو ۔ اتھ اوس نیٚبرۍ کاغذ لٲگتھ تہٕ انٛدرۍ کنۍ کپُر ۔ اتھ کپرس اوس تیل یِوان چھکنہٕ ۔ییٚلہِ اتھ غُبارس منٛز أندریُم ہواوُ شنان اوس ، امہِ سٟتۍ اوس غُبارٕ لوتان ۔ لوتان لوتانے اوس یہِ ہوٗہس منٛز وُڈُن ہوان ۔ امہِ قٕسمکۍ غُبارٕ آسو تو ہہِ ضوٗرور خانٛدرن گُھنٛدرن پیٹھ تہٕ وُچھمتۍ ۔ امہِ کامیأبی سٟتۍ آو اِنسانس خیال زِ یہِ غُبارٕ اگر بأنٛسہ کانٛہو تہٕ کاغذٕ بغأر مضبوٗط چیزن ہُنٛد بناونہٕ یِیہِ ۔ تیٚلہِ ہیکہِ یہِ پانس سٟتۍ بییہِ تہٕ کیٛنٛہہ وزن دار چیز تُلتھ تہٕ وُڈِتھ۔

امیُک تجرُبہٕ کوٚر سارِوے برٛونٛہہ فرانس کیٚو دوٚیو بایوَ ۔ تِمو گٔنٛڈ أکِس مضبوٗط غُبارس سٟتۍ اکھ ٹوٗکر ۔ ٹوٗکرِ منٛز بٕہنوٚو کھا اکھ کٹھ ، اکھ کوٗکُر تہٕ اکھ بطُخ ۔ یہِ مضبوٗط غُبارٕ کھوٚت یہِ گوٚب بار ہیتھ تہٕ سبٹھاہ تھوٚد ۔ ییٚلہِ اتھ غُبارس انٛدرِیُم ہوا دژاو تہٕ أتی وۄتھ وارٕ وارٕ زمینس پیٹھ تہٕ کٹھ ، کوکُر تہٕ بطُخ سأری أسۍ وارٕ کارٕ ۔ یہِ صورت حال وُچھتھ دریوو اِنسانس دِل ۔ غُبارس منٛز ہوا گرِم تھونہٕ خأطرٕ آیہِ پتہٕ غُبارس منٛز دزوٕنۍ نار انگیٹھ تھونہٕ ۔ وارٕ وارٕ ییٚلہِ ہایڈروجن گیس معلوٗم کرنہٕ آو ، پتہٕ روٗزنہٕ غُبارن منٛز نار زالنٕچ تہٕ نارٕ کٔنٛگلین ہنٛز ضرورتھ ۔ ہایڈروجن گیس چھُ گرِم ہوا کھوتہٕ تہٕ ژوداہ گنہٕ لوٚت



آسان۔ غُبارن منٛز اوس یو ہے گیس برنہٕ یِوان۔

ہوأئی جہازٕ بننہٕ برونٛہہ یودوے غُبارٕ بأزی سبٹھاہ ترقی أس کٔرمٕژ اماپوٚ زتوتہٕ اوس نہٕ انسان اتھ قوبوٗ ہس منٛز ہیٚکان تھٲوِتھ۔ غُبارٕ اوس ہوہس ماتحت آسان۔ یور کُن ہوا چلہ ہے تور کُن وُڈِہے غُبارٕ تہٕ۔ غُبارس منٛز بہن وأٲلس اوسنہٕ اتھ روخ پھِرنُک طاقت۔ سبٹھاہ سوٗنچنہ سرنہٕ پتہٕ بنوٗ کھاکھ پکھ۔ یُس اتھ غُبارس منٛز لوگُکھ۔ یہٕ پکھ چلاونہٕ خٲطرٕ آو غُبارس منٛز اکھ لوتہٕ وأٲے سٹیم انجن لاگنہٕ۔ امہِ سِتی ہیوٚک اِنسانن غُبارس اورٕ یور روخ پھِرِتھ۔ سارِوے برونٛہہ کوٚر 1783 عیسوی یَس منٛز غُبارس منٛز بِہتھ فرانٛسکو أکی غُبارٕ بازن وُڈَو۔ أمی سُند ناو اوس ماونٹ گول فایَر۔ یِمن غُبارن أس ڈاک سارٕنٛچ کأم تہِ یِوان ہینہٕ۔

ہوأئی جہازٕ آو غُبارٕ وُچھِتھ بناونہٕ۔ 18 دسمبر 1853 عیسوی منٛز کوٚر امریکہ کِس دۄیو بایَو ہوأئی جہازٕ کہِ گوڈنِکہِ وُڈوُک کامیاب تجرُبہٕ۔ أکِس بأیِس اوس ناو وِلبر رایٹ تہٕ بیٚیِس اروِل رایٹ۔ یِم أسی أکِس پادٔری سِنٛدی نیٚچوٚ ی۔ یِمن تہٕ اوس مأٲلی سِنٛدی پأٹھی مشینہٕ بناونُک شوق۔ گوڈٕ گوڈٕ أسی تِم رنٛگ ساز، پتہٕ أسی سایکل بناوان تہٕ أخرس مشینن ہِنٛدی پُرزٕ بناونس منٛز ووستاد یِہُند یہِ گوڈنیُک جہازٕ وُڈناوُنُک تجرُبہٕ روٗد صرف باہن سکنڈن جأری۔ اتھ وقتس منٛز وُچھیوٚ وِیہِ جہازٕ صرف 25 فُٹ دوٗر تام۔ أمی تجربن کوٚر دُنیاہس یقین زِ انسان ہیٚکہِ ضروٗر ہوٲہس منٛز جانورن ہِنٛدی پأٹھی وُڈِتھ۔" رایٹ برادراں" چھِ ہوأئی جہازٕ کِہ اصلی ایجاد کار مانٛنہٕ یِوان۔



سائنس تہٕ تیکنالوجی ہٕندِ برکتہٕ کُر انسانن وارِیاہ ترقی۔ دوٚہس راتس تجرُبہٕ کٔرِتھ آیہٕ آوازِ ہٕندِ رفتارِ کھوتہٕ زیادٕ تیزٕ وُڈن وٲلی جہازٕ بناونہٕ۔ سائنس دانو بنٲوی راکیٹ تہٕ خلٲیی جہازٕ تہٕ۔ ہوٲیی جہازٕ چھُ تیوٚت تھوٚد کھسان زِ امہِ کِس وُپھہِ وارس چھُنہٕ کانٛہہ چیز ٹھوٚر ہیٛکان کٔرِتھ بامے تھٔدی بال آسی تن، تھدِ کھوتہٕ تھزٕ عمارژ آسی تن یا تھٔدی کُلی۔ ہوٚہس منٛز وڑنہٕ خٲطرٕ چھُ اتھ گیسولین طاقت دِوان۔ اِنسان ووت ووٚنی زوٗنہِ تہٕ سیارَن پیٹھ تہٕ نوٚ کھوتہٕ نوی تجربہ چھ جٲری۔

ہوٲیی جہازٕ چھُ وارِیاہ فٲیِدٕ منٛد۔ اِنسان چھُ ہیٛکان اتھ منٛز رٕتٔن ہُنٛد سفر گاٛنٹن منٛز تہٕ گاٛنٹن ہُنٛد سفر مِنٹن منٛز کٔرِتھ۔ سفر کرن وٲلِس چھُ آرام میلان۔ جنگی جہازٕ چھِ جنگس دوران کامہِ یِوان لاگنہٕ۔ ووٚنی چھِ پایلٹ ورٲے جہازٕ تہِ بناونہٕ آمٕتی۔ ہوٲیی جہازٕ چھِنہٕ صرف اِنسانن اکِہ جایہِ پیٹھٕ بیٚیِس جایہِ نوان تہٕ انان بلکہِ چھِ مال تہٕ اورٕ یور ساران۔

## مشق :

### 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
|---|---|
| وُڑٕہ پرٕنگ | اُڑن طشتری۔ اکھ خیٲلی جہازٕ، یُس فوک لورس منٛز ورتاونہٕ آمُت چھُ۔ |



ووٹہِ اُنن — شوق ووتلاوُن۔ وولسنس اُنن۔ تشبلاوُن

کنٛگُل — کنٛگ یُس کُنہ بانس منٛز النہٕ یِیہِ۔ کونڈُل

دِل دَرُن — ہمتھ گرٛھنۍ

گیسولین — پیٹرولُک انتہأیی صاف قسم

پایلٹ — ہوأ ئی جہازٕ چلاون وول

رایٹ برادراں — وِلبر رایٹ تہٕ اِرول رایٹ۔ یِم أسۍ زٕ بارٕنۍ

غُبارٕ — پھوکہٕ بال۔ پھوکہ بستوٗر۔ تنٛگ گوٚل کُرتھ ربر بستوٗر، یتھ منٛز ہوا برنہٕ یِوان چھُ

## 2. جواب لیکھو

1. وُڈٕنُک شوق پوٗرکرنہٕ باپتھ کُس سامانہٕ بنووِ انسانن گوڈنچتھ؟
2. غُبارس منٛز بہتھ وُڈنُک گوڈنیُک تجرُبہٕ کَمو کوٚر؟
3. گوڈنِیُک ہوأ ئی جہازٕ کَمو بنوو؟
4. ہوأ ئی جہازس منٛز سفر کرنہٕ سۭتۍ کیا فأیِد چھُ؟

## 3. یِم محاورٕ کٔرِو پننین جُملن منٛز استعمال

ووٹہِ اُنن۔ روخ پھِرُن۔ دِل دَرُن۔ دِل راوُن۔ دِل دزُن۔ دِل پھٹُن۔ دِل نیرُن



## 4. یمن عنوانن تحت لیکھو داہ داہ جُملہٕ

1. ہوأیی جہازٕ کی فأیِدٕ

2. ریڈیوٕکی فأیِدٕ

## 5. باوتس چھِ وارِیاہ قسم ، یِمو منٛز چھُ "گرنٛز باوُت" اکھ قسم ۔ گرنٛز باوُت چھُ چیٖزن یا نفرن ہنٛدِ تعدادٕچ وٕکھنے کران ۔ مثلن :

1. سائنِس مکانس چھِ پنٛداہ کُٹھ ۔ 2. محمد اکرم چھُ یٔیمہِ دفترُک ترٛیٚیِم افسر

3. نٔوٕ ییر چھُ دُرٛونگ 4. وارِیاہ شیٖن چھُ گوٚلمُت

5. میون بوے چھُ دوٚیمہِ جمأژ پران ۔

پنٛداہ ۔ ترٛیٚیِم ۔ دُرٛونگ ۔ وارِیاہ ۔ دوٚیمہِ ۔ چھِ گرنٛز باوِتی ۔ بونہِ میٚو جُملو منٛزٕ ژأرِو

گرنٛز باوِتی :

1. وارِیاہ لُکھ آیہِ 2. تِموٚ ٹُل سبٹھاہ بور

3. زٕ پھوٚکہٕ بالہٕ چھِے دٔہن روپین

4. اسہِ [illegible]

5. [illegible]



# کٲشِرِ منٛز کینٛہہ پرانہٕ عمارٔژ

| | | | |
|---|---|---|---|
| یارٕقندی | قلاے | آوسیمو | بالادرِ |
| ہنگ | سِپہٕ | کھُدأے | ژُجرِ |
| ٹالہٕ | مسجراب | پانڈو لُر | شہتیرِ |

کٲشِرِ منٛز چھےٚ واریاہ پرانہٕ عمارٔژ۔ یِمو منٛز کینٛہہ پٔنٕنہِ اصلی شکلہِ منٛز موجوٗد چھےٚ،
کینٛہہ چھےٚ ہیتھ ڈٔلتھ تہٕ اِستادٕ، کینٛہہ چھےٚ سوسریمٕژ، وٕسی پیٚمٕژ تہٕ زمینس منٛز دٔو برنہٕ

وُچھِتھ چھُ انداز سدان زِ کٲشرۍ کتاہ تھدِ پایکۍ کٲری گر چھ اۘسۍ ہٕتی۔ یِمن عمارژن
ہِنٛدِ تعمیرِ باپتھ اوس مسالہٕ تہٕ سامانہٕ کٲشِرِ منٛزے یِوان تیار کرنہٕ۔ کاشری کٲری گرۄسی

اثر کأشری ووستہٕ کارتہٕ قبوٗل کران أسی ۔ آوسیمژن تہٕ دٔو برنہٕ آمژن واریاہن عالیشان
عمارژن ہندی پھٹہٕ پھراٹ نِشانہٕ چھِ وُنہِ تہٕ موجوٗد ۔ یِمن پرانہِ زمانہٕ کِبن نِشانن چھِ
''آثارِقدیمہ'' ونان ۔ یِمن تہٕ اِستادٕ قدیم عمارژن رأچھراوٹ تہٕ مرمت کرنہٕ خأطرٕ
چھُ اکھ باضأبطہ سرکأری محکمہٕ تہِ ۔ یہ محکمہ چھُنہٕ صِرف پرانین عمارژن ہنٛدِ خأطرے
یوت کأم کران بلکہِ قدیم آثارن، یِمن منز قلاے، محل، کٔدل، باغ، حمام، خانقاہ تہٕ
بالا دریٖترِ تہِ شأمل چھےٚ، نظر گُذرتھاوان تہٕ کھدأے کٔرِتھ دٔو برنہٕ آمتی تواریخی آثار
تہٕ بدٕ کڈان ۔

### ہأروَن

ہأروَن چھُ شالہِ مأرپٹھٕ میل جوٗ راہ دوٗر ۔ اتہِ چھِ أکس ناگس نکھٕ کھدأے کرنہٕ
ٕستی شیمہِ صدی عیسوی ہنٛدِ زمانٕکی واریاہ چیز اتھِ آمتی ۔ یِمن منز اکہِ منڈرُک اوڈ حِصہٕ
تہِ چھُ یتھ متعلق ونہٕ یِوان چھُ زِسہ چھُ کم کھوتہٕ کم سداہ شتھ وٗری پرون ۔ اتہِ یِمہٕ
ٹالہِ اتھِ آیہِ، تِمن پیٹھ آسہٕ واریاہن پوشن، جاناوارن تہٕ انسانن ہنٛز شکلہٕ کھٔنِتھ ۔

ہنٛز اکھ راے چھےٚ زِ اتھ جایہ آیہ شٔمن رتن ہنٛز اکھ کانفرنس منعقد کرنہٕ ۔ سبٹھاہ بحث

ناگ ارجن تہِ اوس اور ووتمُت ۔ بودھ مذہبہٕ پتہٕ اوس اتھ جایہِ ہندی دھرمُک تہِ
سبٕتھاہ چلے جاوییمُک ثبوٗت اتھیک شنکر پل چھُ ۔ دپان اتھ پٹھ چھِ شو مذہبکی ستتھ مسلہٕ
لیکھتھ یمن مشہوٗر کاشُر فلسفی ابھینوگُپت ہندی شاگردن وبٕژھنےٚ کٔر۔ یَس کھیم راج ناو اوس۔

## مارتنڈ

سری نگرٕ پٹھٕ الہٕ پلہٕ ژتجی میل دوٗر اننت ناگ (اسلام آباد) پٹھٕ پہلگام گژھن
واجنہِ وتہِ دُپاسے چھےٚ اکھ مشہوٗر رسَرے یتھ مٹن تہٕ عُرفِ عامس منٛز بوَن تہٕ مژھ بوَن
چھِ ونان ۔ دپان از برونٛہہ باہ شتھ ؤری اوس للتادت کٔشیرِ ہُند راز ۔ أمی کرنو مٹن
وُڈٕ رپٹھ اکھ سوٗرِیہِ مندر تعمیر ۔ اماپوٚز مورخ حسن شاہ کھویہامی چھُ لیکھان زِ مٹن وُڈٕر
پٹھ سوٗرِیہِ مندر (یتھ مارتنڈ ونان چھِ) اوس پانڈو وراز رام دیون تعمیر کرنومُت ۔ پرانہِ
منٛدرِ کس کِنس پٹھ کوٚر للتادتن نوِسرِ مندر تعمیر ۔ وُڈٕ رپٹھٕ چھُ اکھ خوش یُون نظارٕ وُچھن
وأل ووسنس انان ۔ گوڈٕ کوہ، پتہٕ داں کھہن ہُند سبزار تہٕ لِد رؤری یاو کہِ دوٚیمہِ بٹھِ

اتہِ نہٕ چھُ شور وشر تہٕ نہٕ کربکہٕ ناد۔ انسان چھُ اتہِ سکوٗن تہٕ سروٗر محسوٗس کران۔

اوسمُت ۔ مندرس اَ سی کنہٕ تھٔنمبہٕ پیٹھی کنوٚی مِحراب کھاٚلتھ ۔ مندرس چھ 84 کنہٕ تھٔنمب

آسی مٕژ ، اکھ اکھ تھٔنمب اوس ساڑھے سداہ فُٹ زیوٗٹھ ، یِہُندس مندرس اَندٕ اَندٕ آسی

یِمن تھٔنمبن پیٹھ مِحراب کھاٚلتھ وارِیاہ لوٚکٕٹ مندر بناونہٕ آمتی ۔ یِموٚ مٕژ وُنہِ جنوٗبہٕ

طرفہٕ اکھ مندر موجوٗد چھُ ۔ تھٔنمبن پیٹھ اَسی پوٚتلی کھٔنِتھ ۔ اصلی مارتنڈ مندرُک شیر اوس

60 فٹ تہٕ ہنگ 35 فٹ ۔ تھزَر اوسُس 70 فٹ ۔ امیُک بام اوسُ گُنبد ہیوٚ ۔ یتھ

ترٕے حِصہٕ اَسی ۔ مارتنڈ مندرکی پھُٹہٕ پھراٹ کنہٕ پَل وُچھِتھ چھُ حاٚرتھ یِوان زِ بجن

بجن شیلن رٕتھِ کٔنی چھُ واٹھ آمُت دِنہ ۔ یِمہٕ شیلہٕ کموقد اوار ، زوراوار تہٕ ووستہٕ کار اِنسانو

چھےٚ اکھ اَکِس پیٹھ کھاٚلتھ سِپہ بہناٚوِتھ مارتنڈ مندرس ہش عمارتھ تعمیر کٔرمٕژ ۔ یِہ زی

چھُ یہ انجینیرنگ تہٕ ووستادی ہُند کمال ۔ مارتنڈ مندرس چھِ عام لوٗکھ پانڈ ولرِ ونان ۔

یتھے پاٚٹھی چھِ پٹن تہٕ ووٗنتی پورکین مندرن تہٕ عرفِ عامس مٕنز پانڈ ولرِ ونان ۔

## خانقاہِ معلیٰ

یہ مشہوٗر خانقاہ چھُ سری نگرس مٕنز زاٚنہٕ کدل تہٕ فتح کدلس درمیان وٚتھِ ہٕندِس

دٔچھنِس بٔٹھِس پیٹھ ۔ اَمِچ بُنیاد آیہ حضرت امیرِ کبیر میر سید علی ہمدانی ؒ ہٕندِس فرزند

حضرت میر محمد ہمدانی ؒ ہٕندِ دٔ ترٲونہٕ ۔ سلطان سِکندرن کرنا 1394 عیسوی منز یہ

لگنہٕ دٔ شہید ۔ بادشاہن ہیوٚ اتھ اَندٕ اَندٕ یرنہٕ مٔکہ تہٕ خانقاہ کِس احاطس وُسعت

خاندارنہٕ (تیمِس صالح موج ناواوس) پٔنٕن زیورتہٕ داش نداش کٔنِتھ خانقاہِ معلیٰ نوٚ

سرٕ تعمیر ۔ امِہ پتہٕ لوٚو 1731 عیسوی منٛز یہِ خانقاہ نارلگنہٕ کِنۍ بییہ شہید ۔ مسامسا اَیہِ

خانقاہس منٛز موجوٗد توٚبرُک بچاونہٕ ۔ خانقاہ کرنو دون ؤری ین منٛز ابوالبرکات خانن نوِ

سرٕ تعمیر تہٕ أندی أندی بنأوِنس ځُجرٕ ۔ منٛزس لأگِنس ژور مضبوٗط تھمٕب ۔ لبن تہٕ تالوٗس

آس سونہأری میلہٕ ستی اورادِ فتحیہِ لیکھنہٕ ۔

خانقاہِ معلیٰ ہِچ اصل عمارت چھےٚ مُربَع ۔ امیُک کُن چھُ بڈٕ بن شہتیرن پیٹھ، یمن

منٛز بڈشأہی سیرِ گٔرتھ برنہٕ چھےٚ آمٕژ ۔ امکی دارِ دروازٕ چھِ ہچہ کامہٕ ہندی بہترین نموٗنہٕ ۔

اندر اژوٗن لتہٕ ؤٹ چھےٚ دِؤری کنبن ہنٛز ۔ دِلن پیٹھ چھِ بڈی ؤتھرل پوش ووتلاونہٕ

آمٕتی ۔ آستانہٕ اندر چھُ اکھ بوٚڈ دَروَق یتھ دوٚ چھٕنٛ کھوٚری ژوداہ خلوکھ کوٹھرِ چھےٚ ۔

آستا نُک بوٚڈ دَروَق چھُ شیشہ کامہِ ، ہچہِ کامہِ تہٕ خطأطی ہندٕ بن نموٗنن ہُنٛد بےٚ جور

نموٗنہٕ ۔ خانقاہ آنگنہٕ کِس ڈیچھنِس کوٗنس منٛز چھُ سُہ یادگار پلیٹ فارم موجوٗد، یمہِ پیٹھٕ

اپریل 1931 عیسوی منٛز کأشر بو شخصی راجس خلاف گوڈنچہ لٹہِ بغاوتُک اعلان کوٚر ۔

امی پلیٹ فارمہٕ پیٹھٕ آو تحریرتہٕ تقریرچہِ آزأدی ہُنٛد مطالبہٕ کرنہٕ ۔

تُہر کاتن ہنٛد زیارت کرنہٕ خأطرٕ لوٗکن ہنٛزٕ رٕج آسان لُجھو ۔

## جامع مسجد سری نگر (بڈ مشید)

سری نگر چ جامع مسجد (بڈ مشید) بنٲو سُلطان سکندرن 1402 عیسوی منز۔ وُنہ

اوس نہٕ اتھ ہتہ وٕری تہٕ گومُت ییلہِ یہِ 1479 عیسوی منز نار لگنہٕ سٟتۍ شہید گیہِ۔ سُلطان

محمد شاہ سٕندی فوجی کمانڈرن (یمس ابراہیم ماگرے ناو اوس) کٔر یہِ مسجد نوِ سرِ تعمیر۔

موغل بادشاہ جہانگیر سٕندِ وقتہٕ گیہِ مسجد بیٚیہِ اکہ لٹہِ نار لگنہٕ سٟتۍ شہید پتہٕ آیہِ سئد ہن

وٕری بن منز دُبارٕ تعمیر کرنہٕ۔ امہِ مسجدِ وُچھ توار آتشگی واریاہ سٔنز ووٗگنز۔۔ ترییمہِ پھِرِ گیہِ

اورنگ زیب سٕندِ زمانہٕ 1674 عیسوی منز بیٚیہِ نارٕ سٟتۍ شہید تہٕ نوِ سرِ تعمیر کرنس لگِس

ترٛے وٕری۔ ڈوٗگرہ مہاراجن ہٕندِ زمانہٕ پٔتھ ازتام آیس کتہِ پھِرِ مرمت کرنہٕ۔

دیوار بٔندی تہِ آیس کرنہٕ تہٕ برٕ زِ پش بدلاوِتھ آس پشس ٹین دِنہٕ۔

جامع مسجدِ چھےٚ مقامی مُسلمانن ہٕندِ فنِ تعمیرٕ چ بہترین مثال۔ مسجدِ چھُ شُمال جنوٗبہٕ

انٛدٕ 384 فُٹ زیٚچھر تہٕ مشرق مغربہٕ انٛدٕ 381 فُٹ کھجر یتھ منز باگ 245 فُٹ زیوٗٹھ

تہٕ 234 فُٹ کھوٗل صحن تہِ شأمل چھُ۔ امہِ حسابہِ چھےٚ یہِ کٲشِرِ ہنٛز گوڈنچ قلایہِ چالہِ

مسجد۔ اتھ منز چھِ اکِہ وقتہٕ 33,333 نفر نمازِ ہیٚکان پٔرتھِ۔ فرشس چھسِ مجرأئی سیر

وتھرأوِتھ۔ مسجد ہُنٛد پش چھُ 378 تھنٛمبن پٔٹھ رٹنہ آمُت۔ تھنٛمب چھِ 25 پٔٹھ

جامع مسجد چھےٚ شخصی راجہ نِشہ آزأدی براونہ چہ تحریکہ ہُنٛد اکھ اہم مرکز روٗزمُت۔

# مشق:

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
|---|---|
| سوسریمٕژ | دودریومُت ۔ یتھ دودُر آسہِ ژامُت ۔ |
| ہیٚتھ | شکل، گرٛتھ، حالتھ |
| پھُٹہٕ پھرٛاٹ | یتھ کُن روٗ دیٚتی نشانہٕ ۔ |
| بُدھ مت | بودھ دھرم، امہِ مذہبک بانی چھُ مہاتمابُدھ |
| ابھنوگُپت | نوٗ ی مہِ صدی ہُند اکھ عظیم کأشُر فلسفی |
| کھیم راج | ابھنوگُپت سُند ژاٹھ |
| لِدر | دوٚ چھنہِ پور علاقُک بوٚڈ دٔریاو |
| ناگ ارجن | مشہوٗر بودھ عألم |
| شیر | لرِ ہُند دوچھُن یا کھوٗر پاس ۔ شیر گوو تال، کلہٕ تہٕ تہٕنتول تہِ ۔ |
| ہنگ | درواز کہِ چوکاٹھ پیٹھِم گرٛ ۔ درواز ہنگ |
| [illegible] | [illegible] کہِ پٹھ [illegible] |
| [illegible] فتح | ظفر [illegible] |
| | کأشرِ بن ڈٲلکی وِژ ۔ |

یٖمہٕ پٮ۪ٹھۍ پکھ دروازس اژان چھِ ۔

خطأطی خوش نویسی ہُند فن

روق کھوٗل تہٕ زیوٗٹھ کُٹھ یاڈالانہٕ

## 2. جواب لیکھو:

1. آثارِ قدیمہ کتھ چھِ وَنان؟
2. ہأرونہٕ یم ٹاکہٕ اتھِ آمٕژ چھےٚ تِمن پٮ۪ٹھ کٔژہِ شکلہٕ چھےٚ کھنٛتھ؟
3. ہأرونہٕ کیاز اوس بودھ عالمو ترامہٕ پٮ۪ٹھن پٮ۪ٹھ کھنہٕ نووُمُت؟
4. مارتنڈ مندر وُچھِتھ کیازِ چھُ انسان حأران گژھان؟
5. خانقاہ معلیٰ کتھ جایہِ چھُ واقع؟
6. صالح ماجہِ کیا کوٚر خانقاہ معلیٰ نِوِسرٕ تعمیر کرناونہٕ خأطرٕ؟
7. سری نگرچہِ جامع مسجدِ منٛزٕ کتۍ نفر چھِ اکہِ ساتہٕ نماز ہٮ۪کان پٔرِتھ؟

## 3. عام پأٹھۍ چھِ جُملس منز کزاوٗل، کزاوٗت تہٕ کز وومُت آسان

”یہ“ چھُ کأم کران وول، ”کھوان“ چھُ کأم تہٕ ژوٗنٹھ چھُ کامہِ ہُند اصل مُدعا،

[illegible]

''کھوبالیئے'' چھوکڑاوُعو (فعل)

''ژوٗنٹھ'' چھوکڑوومُت (مفعول)

تِتھے ماٗٹھی چھوشُر = کڑاوُل

ژھاران = کڑاوُت

ماجہ = کڑوومُت

اما پوٗز باضےٗ چھو نۂ کُنہِ جُملس منٛز کڑوومُت آسانۂ مثلن : یِمن جُملن منٛز چھِ کراوِلی تۂ کراوتی موجوٗد کڑوومُت چھُےي نۂ موجود (۱) وٗٹِل چھےٗ بولان (۲) سُہ چھُ پران ،سُہ کڑاوُت یتھ منٛز نۂ کڑاول سٕز حرکت کُنہِ بیٚیس چیزس یاشخصس کُن ترِ ، گووُ رُکہٕ وُن کڑاوُت ،رُکہٕ وِنس کڑاوِتس چھُنہٕ جُملس منٛز کڑوومُت ضرورتھ آسان۔

سُہ کڑاوُت یتھ منٛز کڑاوِلچ حرکت بیٚیس شخصس یا چیزس کُن ترِ چھُ ترٕوُن کراوُت مثلن :

1. احمداللہ چھُ بتہٕ کھوان

2. ژٕ چھُکھ باٗتھ ونان

[illegible]

یِمن جُملن منٛز چھُ احمداللہ [illegible] کڑاوُل [illegible] حرکت [illegible]

باٗتھ تہٕ ترِیٖش، لفظن کُن تران یِم چھِ ترِینہٕ وَے کڑوومتی حالتس منٛز۔ یِمو جُملو منٛز

ژآرو کرٲوِلی، کرٲوِ تہ کرٲوِ ووتی :

1. سُہ چھُ ژوٚنٹھ کھسوان۔

2. [illegible]

3. آپہ چھےٚ شُر بن ہنٛدی پلَو چھلان

4. ژٕ چھُکھ سبق پران

5. ہۄ چھُ سائنی پلَوسُوان

6. چھان چھُ دِلہٕ پچھن رنٛدٕ دِوان۔

## 4. یِمن عنوانن تحت لیکھو پانٛژھ پانٛژھ جُملہٕ

1. پانٛڈوِلر   2. خانقاہ معلیٰ

## 5. مثال وُچھِتھ لیکھو وٲحد ناوتن ہنٛدی جمع ناوتی

| | | |
|---|---|---|
| مثال | آفت | آفژ |
| | عمارت | عمارٔژ |
| | قمارت | |
| | خصلت | |
| | [illegible] | |

## 5. خٲلی جایہ پُرِ و

1. موٗنجہ گوٗلی بناوان وٲلِس چھِ ......................... ونان

2. [illegible]

3. ٹوپہٕ کأم کرن وأ لِس چھِ ..................ونان

4. قالین وون وأ لِس چھِ ..................ونان

5. سوٗنہٕ وَس بناون وأ لِس چھِ ..................ونان

6. بانٛن قلاے کرن وأ لِس چھِ ..................ونان

7. ترامہٕ بانہٕ بناون وأ لِس چھِ ..................ونان

8. میٚژِ وبانہٕ بناون وأ لِس چھِ ..................ونان

9. نیہِ منز تیر رچھن وأ لِس چھِ ..................ونان

10. رنگ کرن وأ لِس چھِ ..................ونان

11. پلون روٗ ف کرن وأ لِس چھِ ..................ونان

12. آب سارن وأ لِس چھِ ..................ونان

13. زیٖن ژٹن وأ لِس چھِ ..................ونان

14. نمدٕ بناون وأ لِس چھِ ..................ونان

15. ژوچہِ بناون وأ لِس چھِ ..................ونان

( [illegible]

ٹھانٛٹھُر۔ قلا یہ گر۔ کرال۔ روفگر۔ سوٗنُر۔ تیر دار )

**7. پنہٕ نِس شہرس/قصبس/گامس منز وُچھو کانٛہہ پرٛأنۍ عمارت تہٕ تتھ متعلق لیکھو ستھ جُملہٕ**



# ڈاکہٕ وول

| بٕجگانہٕ | کنہٕ | چینی پیالہٕ | سٕہلاب |
|---|---|---|---|

یۆری وولہٕ جُو اوٚے جُو سٕہلاب<br>ژور ہنہٕ چھُم ژوشہِ وے پنجاب

رمہٕ، اوشُر، عمہٕ سُبحانٕے<br>روز دما بوز افسانے

نِکی نِکی شُری واریاہ موٗدِم<br>کاہ أسِم تہٕ أٹھے روٗدِم

توتہِ لوکہٕ چے پیوم تاوانے<br>روز دما بوز افسانے

خوش خبراہ ہیتھ اسہِ آکھو<br>ڈاکہٕ والے تتہِ کر دراکھو

ڈاکہ والے بوز کتھ تارٕ ے — رمہٕ ، اوشُر ، عمہٕ چھا وارٕ ے

بیٚپہٕ فرضہِ ہنٛد موٕمہٕ سمجاے — روز دما بوز افسانے

[illegible]

ڈالہٕ نۍ چھُس ؤِس کنہٕ سانے — روز دما بوز افسانے

(لالہٕ لٔکھِمن)

## زان:

پتھ کالہِ أسی نہٕ اورٕ یور ینہٕ گژھنکی تہٕ خبر اتر سوزٕ نکی زیادٕ تہٕ سہل ؤسیلہٕ دٔسی یاب۔ اورٕ یوراوس پۄان گرُبن پیٹھ کھٔسِتھ نتہٕ ناون منٛز یاپأ دل پکِتھ گژھُن۔ تار ٹیلیفون، کمپیوٹر، انٹرنیٹ تہٕ ہوأیی جہازٕ أسی نہٕ۔ وۄں گۄ ووق گۄذرنس ستۍ آووارٕ وارٕ ڈاک اورٕ یورِ نُک انہٕ ٹُک انتظام کرنہٕ۔ کأشِری أسی مُلکہٕ کین شمأ لی علاقن منٛز موٚ زوری کرنہِ گژھان، شیٚن شیٚن رتن أسی توٚری روزان۔ واپس ینہٕ وِزِ أسی پلو پوشاک تہٕ ضرورتکی باقۍ چیز انان۔ مُڈٕ آسنہٕ موکھٕ أسی أکِس بیٚیس اتھِ چِٹھِ لِکھناوان۔ تھۆڈی گرکی أسی ڈاکہ وأئلِس برارلن آسان۔ [illegible] کھُتۍ ییٚل ڈاکہ وول چِٹھۍ ہیتھ یوان

اوسُکھ، تس أسی بخشایش دِتھ خوش کران۔ تَسی اتھِ أسی چِٹھۍ تہٕ پرناوان۔

لالہٕ مِن اوس اکھ مزاح کوشاعر۔ یم أسی کولگامُک [illegible] ییٚلِس ہانٛد ژول کوم گاس

گمتنبن اولادن پراران تہٕ ڈاکہٕ وأرلس تہنٛز خبراتر پرٛژھان ۔ امہِ نظمہٕ ستی چھُ تمہِ زمانکہِ کأشر گأمی سماجُک اکھ اہم پہلو باتہِ یوان ۔ ڈاک تہٕ ڈاکہٕ وول اوس تیلہِ تہِ اہم تہٕ ازتہِ چھُ ۔ شُرٕبن ہنٛز موج یم سوال ڈاکہٕ وأرلس پرِژھان چھے ، پرن وأرلس چھُ تمو ستی اُسن یِوان ۔

# مشق :

## 1. لفظ تہٕ معنی

| لفظ | | معنی |
|---|---|---|
| جُو | : | ''جُو'' چھِ واریاہن کأشرٕبن ''ذات'' تہِ تہٕ یہِ لفظ چھِ عزتہٕ خأطرٕ تہِ ورتاوان ۔ مثلن کأنسہِ چھُ احمد اللہ وانی ناو، تس چھِ ونان احمد جُو ۔ |
| بج گانہٕ | : | شُری سُند پلّو |

ڈالنۍ : ڈال کڈُن نۍ ژھٹُن نۍ

مالےووٚہنۍ : تسلے ین، اطمینان گوٚژھن

## 2. جواب لیکھِو

1. ڈاکہٕ وأ لِس کہنٛز خبر اتر چھےٚ پرٕ ژھنہٕ یوان؟
2. رمہٕ، اوشُر، عمہ تہٕ سُبحان کتہٕ آسی؟
3. ڈاکہٕ وأ لِس کیا آو بخشأیشہٕ ژٕنٛگی دِنہٕ؟
4. شُر بن ہنٛز موج کیا کیا چھےٚ ڈاکہٕ وأ لِس پرٕ ژھان؟

## 3. ڈاک خانہٕ کِس افسرس لیکھِو چِٹھی یتھ منٛز پننہٕ علاقہٕ کِس ڈاکہٕ وأ لی سنٛزٕ رٕژِ کامہِ ہنٛدی تعریف آسن کرنہٕ آمٕتی۔

## 4. یمن موضوعن متعلق لیکھِو مضموٗن

1. ڈاکہٕ وول
2. میأنۍ موج